افسانہ سومبرن

# پیتہ نابقائے مایا

مصنّف

غلام نبی بابا



کتابہٕ ہُنٛد ناو ________ ییٚتہٕ نابقأے ہَبا

مُصنّف ________ غلام نبی بابا

گوڈنیُک چھاپ ______ ۲۰۰۱ء

تیداد ________ ۵۰۰

کمپیوٹر کمپوزنگ ______ گلزار حضرت بلی

مطبع ______ کراوٗن پریس، سرینگر، فون 451249

سرورق ________ زرگر ظہور

مول ________ ۱۵۰ روپیہِ



کتاب چھیٚہ یِمَن جاین دستیاب:

۱۔ غلام نبی بابا
محلّہ بہاوالدین صاحب (نمدٕ ساز محلہٕ)
(نوہٹہ) سرینگر ۔ ۱۹۰۰۲

۲۔ کتاب گھر لال چوک

۳۔ خان بُک سیلرز، حضرت بل، سرینگر

## اِنتساب

پننِہ رٔفیق تہٕ شفیق بٔجہِ بێنہِ

عائشہِ ٹاٹھِ ہنٛدِ ناوٕ

یٖمہ

بہٕ مأۍلِس ماجہِ ہنٛدِ انتقالہٕ پتہٕ غمکہِ صٔدرٕ منٛزٕ اتھہٕ رۆٹ کٔرِتھ واپَس کھوٚرُس، غم چھُ مشان کُنہِ ساتَس، مگر اتھہٕ رۆٹ کرن وول چھُ رُمَس رُمَس منٛز جاے کران، بہٕ چھُس أمِس محترم ہمشیرِ سُنٛد سبٹھاہ شکرگذار۔

غلام نبی بابا

# ترتیب

# پنٕنۍ کتھ



نوٕ ٹِس ٔستی چھُ بیٛا کھ محلہٕ جبگٔری پوٚر، ییٚتہِ میٛون بُڈی بَب تہٕ تٔمی سُنْد برادر روزان چھِ أسی ٔمتی، سون جد چھُ نیٖبرٕ پیٹھہٕ آمُت، اسمِ مبارک چھُکھ بابا سیّد تاج الدین، سلسلہٕ چھُ قادریہ، میٲنۍ بُڈی بَبَن تہٕ پیٖترٕ بُڈی بَبَن چھُ بابازاْ ژ پیٹھےٕ قناعت کوٚر مُت، زانہٕ وِنۍ أسی، سوچھُمت آسکھ خبر سیّدزاْ ژہُنْد تقدّس ہکوٕ برقرار تھاوِتھ، تم أسی بُزرگ، خُدا ترس، اکھ خُدا ژھورمُت بیٚیہِ دُنی یِہُکھ لوہ لنگر زبر پأٹھی تأجرَن ہندِ خٔشی یتہٕ پکہٕ نو ومُت، میٲنِس بُڈی بَبَس چھِ تجارت کران پیٚژ ترقی سپز ٔمژ زِسہ چھُ نوٕ ٹِکس بیٚیِس أکِس محلَس رنگہٕ حمامَس منٛز تربہ مکانہٕ تہٕ زٕ گُچھِ مٔلی ہنٛبَس قأبل گوٚمُت، یِمَن جایَن چھِ الگ الگ آنٛگَن آسنہٕ علاوٕ اکھ باغ تہِ ٔستی اوسُمت، میٛون بُڈی بَب تہٕ تَسُنْد عیال وۄتھ رنگہٕ حمام محلَس منٛز بسنہِ، أکِس مٔژھی لِس محلَس منٛز، تہٕ پیٖترٕ بُڈی بَب تہٕ تَسُنْد عیال روٗد جبگٔری پورِی بسان، ــــ خُدا أکری نکھ سارِنے جنّت نصیب۔ آمین۔

بوزنہٕ کِنۍ چھُ میٛون بابہٕ صأب أتھی محلّہ رنگہٕ حمامَس منٛز پھاٲپھہٕ نیٛومُت، محنت کش تأجر آسنہٕ علاوٕ روٗحأنی طور بہلہِ پایہِ اوسُمت۔ تجارتہٕ کِس سلسلس منٛز لداخکی تھٔدی تھٔدی بال ژھٔنڈی ٔمتی، اند اژ گژھ کرُن، تمہِ وقتہٕ لداخ گژھن، ییٚلہِ وَتھ نمناس، شخصی راج، نہ موٹر، نہ لأری، تہٕ نہ جہازے اور

گرٕھان، مال سارنہٕ خاطرٕ اَسی ٲسی چھِ گرِ تہٕ زوٗمبہٕ گاوٕ یَمَن کبتھ اوس لداخہٕ پٹھٕ پھٔمب، کھاٹی، چاے، چاٹہٕ چاے، چایہٕ رکنہٕ کتھ، زہر موہر پیالہٕ تہٕ رِکابہٕ، زہر موہرٕ کھنجہٕ، اوٗلہٕ تہٕ زاوٕلی نقش ونگار گرِتھ فنجانہٕ، پوٗٹ، نمدٕ بوٗٹ، ژیٖرٕ واتان۔

دوہ گیہ لوسان، ربتھ گیہ نیران، وٗری گیہ سوران، یٖیتِس کالس میانہٕ بابَن میانہٕ زبڈی باے تہٕ زِ زِچھِ بیٚنہٕ اَند مزار واتہٕ ناوِ، مالِس تہٕ ماجہِ دونوٚنی پیٚو بہٕ اولاد ناو۔ گرٕھ ہَن نافلواے، خُدایہٕ سِندِس یَژھنَس بزونٹھہٕ کنہِ کلہٕ نوٚمرُن پیوان، بابن تہٕ ماجہِ کوٚر صبر، خُدایَن دِژٕ نگھ واریاہ کال گرِھتھ اَکھ کوٚر، میانہٕ رفیق تہٕ شفیق بیٚنہٕ، میانہٕ سیٖزٕ تہٕ سادٕ زِٹھہ بیٚنہٕ۔ یٖیمہٕ بہٕ مالِس ماجہِ ہِندِ انتقالہٕ پتہٕ غمکہِ صَدرٕ منزٕ اتھہٕ روٗٹ گرِتھ واپَس کھورُس، غم چھُ مشان کُنہِ ساتَس، مگر اتھہٕ روٗٹ کرن وول چھُ رُمَس رُمَس منزٕ جاے کران، بہٕ چھُس اَمِس محترم ہمشیٖرٕ سُنٛد سبٹھاہ شُکر گُذار۔

میانِس مالِس ماجہِ چھُ عُمرٕ ہِندِس اَکِس حدس واتتھ تہٕ اَکِس نیٚچوِ سُنٛد تمنا اوسُمت، یٖیمہِ خاطرٕ تم آثارِ شریف حضرت بل لگاتار گرٕھان چھِ روٗدی ٲسی، تتہٕ خُدایَس منگہٕ منگ کران تہٕ رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلمَن پٹھ بے شُمار دروٗد وسلام سوزان روٗدی ٲسی۔ اَکہِ دوہہٕ چھُ میانہٕ جنتی بابن خاب وُچھمُت، فرمودمُت چھُہس، اَسہٕ دُیتےٚ غلام نبی، آ، غلام نبی۔ حضرت سیّدُ المُرسلین صلی اللہ علیہ وسلم سُنٛد داغدار اُمتی، گونہگار سیاہ کار مگر عاشقِ رسول صلی اللہ علیہ وسلم۔

بہٕ اوسُس یوٗہے کہہ بہہ وُہر ییٚلہٕ بابہٕ بیمار گوو، تِسنٛدِ علیل آسنہٕ رٔنٛگی گوو

تُسنْد سوُرے کاروبار ختم ، مہاراج گنجکھ وان گوو بند ، بابہٕ رٕد دواریاہَس کالس نوتوآنی ہنٛدِس حالتس منٛز ، اَسہِ بأے بارنٛہن گیہِ خانہٕ ماجرٕس آنہٕ مانٕے ، وقت پیٚوو کریوٗٹھ ، غمکھ سٕہلاب گووٕسری پیٛٹھی ، تسنٛد یرٛژھن ، اَتھہٕ موٗرِتھ ٹیٛون سوُرے ، ـــــ نہ روزٕ لرٕبے تہٕ نہ جایے ، نہ کُچھے تہٕ نہ تمن منٛز دانبے ، نہ آنگن تہٕ نہ باغے ، اَتھ سأری سے اَلمیَس منٛز کوٗرِ پنٕہٕ نوٗ انتہأیی خودغرضانہٕ رول ادا ۔ ـــــ یمَے ژٕچھم تمہٕ نِے نِشہِ رٕچھتمِ خُدایو ، اَسہِ بأے بارنٛہن تہٕ سأنِس مألِس ماجہِ اگر کینٛہہ رٕد تمہٕ روزٕ وَدٕ وٕنہِ اُچھ ، غمہٕ بوٗ رُتھ دِل ، دَگہٕ لدوجوٗد ۔ ڈیرِ وأل بنیاے وانٛج ، سو کتہٕ رأژن ہنٛز نٕنٛدر ۔ ـــــ

اَتھ کرٕتھِس وقتس منٛز سپٕد میانہِ ٹاچھِ بێنہِ اُکِس جان تہٕ زبر ، علمِ جعفر رَمل تہٕ نجوٗم زانن وألِس اکِس پیرزادَس ستی خانٛدر ، یُس گامہٕ گامہٕ دینی تبلیغ اوس کران ، اَجلَن دِژٕنہٕ اُمس میأنِس جواں سال بیمہٕ صأبس زیادٕ مہلت ، تمی کوٗر انتقال ، بێنہِ گیہِ بیوٕ (مونٛڈ) اَکھ موصوٗم کوٗرِ أس اُمی ہِسنٛدِ مرٕ آمٕژ یوسہٕ مے منگتہٕ نٕتھ بفضلِ خُدا اصل پأٹھی رٕ چھ ، جان تألیم دِژٕمس ، مے نِشہِ کیاہ اوس بێنہِ ، بُلبُل اُلِس سُمب مکانہٕ ، سُہ تہِ دُیت مَس ، آسہِ ہم اگر واریاہ دِمہٕ ہَس .......

وَقتن دوٗپنم بہٕ زانٕے نہٕ لوکچاریاخانہٕ ماجر ، ووتھ تھوٗد ، زین جکھ ، محنت کر ، اَدٕچھی نِکی نِکی اتھہٕ ، پنٛچ پنٛچ کامہِ ہن کر ، اُتی گرٛژھنے پانٕے بڈی اتھہٕ ، دوٗپے نا ووتھ ۔ زین پانہٕ تہٕ کھێیہٕ دوکھہٕ لد بێنہِ تہٕ یہِ موصوٗم کوٗرِ تہِ کھێاوٕن تہٕ چاوٕن ، وتُنگ چلینج کوٗرمے قوٗبوٗل ، مے کوٗر خوٗنٕن گروتہٕ گروتہٕ ، سکوٗل اوس مے ترٛوومُت ، مے کوٗر ارادٕ مصمّم ، بہٕ کرٕ محنت ، بہٕ زینہٕ ، بێنہِ پرٕ ، خُدایس اوس یی

منظوٗر، مےٚ کرٕ سخ محنت، دوٚہس زیٚوٗنم جوٚ کھٕم، راٚ ژٕن ژاٚ ٹگس تل پوٚ رٕم ـــــ
تیٚلہِ اٚس نہٕ اَسہِ بجلی۔ میٹرک پاس کوٚ رٕم، علوٗمِ شرقیکی کینٛہہ اِمتحان کرٕم پاس۔
شُکر خُدا ایس کٕن۔

دوہا چھُ بنان ییٚلہِ مےٚ بوٗ زٕ زِ ریڈیو کشمیر سرینگرِ چھُ Voice Test
سپدان، یُس کامیاب روزِ، تَس میلہِ تہٕ مختلف پروگرامَن منٛز حصہٕ، بلکہ بنہِ ملاٗزم
تہِ، یہٕ Voice Test اٚسی جناب محترم سیّد قیصر قلندر صاٚب کران، اللہ تعالےٰ
کرِی نکھ جنت الفردوسَس منٛز جاے، تم گییہِ میاٚنی آواز بوٗزِتھ سیٹھاہ خوش،
لیٚوکھنک Voice fair try him for Rural Programme مےٚ آو دیہاٚتی
پروگرامس منٛز کاٚم کرنہٕ خاطرِ ونہٕ، گوڈ گوڈ میٚوٗل مےٚ دوہ واد، پتہٕ ہفتہٕ واد، تمہِ
پتہٕ رہتہٕ واد تہٕ اڈٕ ریہ واد کنٹریکٹ، یہِ اوس ۱۹۴۹ عیسوی، ییٚلہِ بہٕ ریڈیو کشمیر
سرینگرِ اٚکس براڈکاسٹر سندِ کٕنی یتہٕ دیہاٚتی پروگرامہٕ علاوٕ بیٚین پروگرامَن منٛز تہِ
کاٚم کرنہِ لوٚگس، وارِ وارِ گییہِ مہارت حاٚصل، مایکہِ دٕرکوتاہ گژھِہ بہٕن، کاغذ
رِتھہٕ پاٚٹھی گژھِہ اَتھس منٛز رٕٹن۔ تتھہٕ پاٚٹھی یتھ نہٕ کاغذس آواز گژھِہ، بیٚیہ تہِ
واریاہ کتھہٕ، یہٕ سوٗرے اٚسی بڑی بڑی سینیئر افسر پیٚتکی کیٚوٗ ئیٚرٕم ہیٚچھِہ ناوان۔

اَتھ ملازمتس دوران وُچھی مےٚ سیٹھاہ جان افسر، مِثالہِ پاٚٹھی حکیم غلام
محی الدین، غلام رسول نازکی، سیّد قیصر قلندر، صدرالدین مجاہد، ایم ایل مینی، مسٹر
وہرا غلام حسن اعجاز، علی محمد، عبدالحق برقؔ، سومناتھ کاچرو، بشیر احمد بٹ، بیٚیہ تہِ
واریاہ افسر۔ شفیق افسر اتھہٕ رٹتھ ہیٚچھِہ ناوَن واٚلی، ـــــ اَکھ ساتھی اوس مےٚ
نور محمد روشن صاٚب، اٚکی ہیٚ کمرٕس منٛز اٚسی یمَن دُہن بہان، یہٕ اوس غاٚلبا

۱۹۵۴ عیسوی ، تمو فرموو غلام نبی ژکونہِ حض کونگہِ پوشہِ خاطرِ کینژھ ہالیکھان ،
مےٚ زِ اَدِ حض ، ژُیتھ اوس عُمرِ کنٔز ، مےٚ زِ بہتر ، پگاہ دُیت مےٚ یمَن اَکھ افسانہٕ ،
اَتھ اوس عنوان ''راتک خاب'' روشن صاب گو وسیٹھاہ خوش ۔ افسانہٕ چھپیو و
۱۹۵۴ کِس کونگہِ پوش کِس دوٚیمِس نمبرس منز ـــــ اَتہِ رُوٗدمےٚ بہترین سائتھیو
منزٕ اَکھ محمد سُلطان پنڈت بیٚیہِ پُشکر بھان ۔

تقریباً داہ وُری گژِتھ کوٗر مےٚ ریڈیو کشمیرچہِ ملازمتہٕ نشہِ استعفیٰ تہٕ
سپدُس سٹیجس ستی وابستہٕ ، اَمہِ ساعتہٕ اوس شہرس منز تمدنی سرگرمیَن ہندِ خاطرٕ
کلا کیندر مشہور تھیٹر ، چوٗٹہٕ بازرٕ ، رنگہٕ رنگہٕ تمدنی پروگرام اُسی اَتہِ سپدان ۔ میٲنی
اَتھ ستی وابستگی اُس خوش قسمتی میٲنی ، مےٚ بنیو اَتہِ اوم کارناتھ خزانچی یار
(حسرت خزانچی) ''بہترین سٹیج ایکٹر ، یہِ رُوٗدمےٚ بخشتھ یتہٕ دوست ژُکہِ سان سٹیج
چو خاص خاص کتھو نشہِ زٲنی یاب کران ، اُمی دُررا وِ مےٚ سٹیجس پیٹھ نیرنس
زنگہٕ ، پتہٕ اوسُس یہِ سٹیجس پیٹھ ٹکہٕ ٹِکھ کران ، مگر پتہٕ ، سٹیج اوس نامیانہِ خاطرٕ نو
کتھاہ ، یہِ زانہٕ ہاؤ تام ، ریڈیو ، تتیُو کھ سٹڈیو ، ریڈیو ڈرامہن منزٕ ایکٹنگ تہٕ باقی
پروگرام بیترِ ۔ مگر سٹیجس پیٹھ اوس لۄکن بروٚنٹھ گن یُن ، کمَن کمَن گوڈٕ گوڈٕ
زنگہٕ ژٲن ، گُمہٕ سران گژھان ، تِکیازِ کُنہِ جایہِ ساسہِ وادلۄکن بُتھ آسان دُیٖن ،
مختلف کردارن ہندِ رویہ ، بہرحال اوم کار خزانچی سُند شکریہ ـــــ سٹیج ڈرامہس
منز میوٗل مےٚ کلا کیندر کہِ طرفہٕ گوڈنیک رول نمائیشہِ ہندِس تھیٹر ہالس منزٕ ، ظاہر
اوس ڈرامہس ناو ''روشنی'' مےٚ اوس اُکِس پوترٕ دَگ پیمتِس دیوانہ گمتِس مالی
سُند رول کرُن ، پوترٕ سنزٕ قبرِ پیٹھ یہِ فلوٗ اےموٗل ننگے تہٕ نوٗنے صرف پاجامہٕ ژٲٹھ

زنگن، ونان، ___ پوتر و مور کھاجأ گیر دارو، بے انصافو، بے مرَوّتو، چأنٕی انقلأبی کتھ آیکھ ناراس، انتقام ہا ہمبکھ، پتھرِ پاوکھ، تیار ہا چھُ وق، تیار ہا چھُ وق، ہیو پوتر وامہِ قبرِ چھُنکھا نالہٕ متہٕ روٗٹمت، ہیو تر اونو اُتی، دَپ سہٕ فُرصت دِ، کأم چھیہٕ، بیٚیہ تہِ ییتھی واریاہ ڈایلاگ ؤنی مےٚ، ہالس منٛز یم تہِ لُکھ اُسی سارٕ وے وۄد، اَڈ بن گیہ ہکی ___ مےٚ وۄدپانہٕ۔ سخ وۄد دم۔ میأنس ؤنس اُسی ییتھ پأٹھی زٕ وجہ۔ اَکھ یۄیمہِ کتھِ ہنٛز خوشی زِ مےٚ توگ پۆزی پأٹھی سٹیجس کھسُن تہٕ ڈایلاگ وُنن، یہ سۆنچِتھ وۄتھ اوٗش پانے۔ دۆیم یہ زِ کیاہ لۆکو کوٚر پۆزی پأٹھی میۆن رول پسند، یہ اوس خوشی ہُنٛد وے اوٗش۔

مےٚ گنیوو ونی سٹیجک سخ لول، ربٕ سُند یژھن یہ لۆگس یمہٕ نٕے دُہَن سٹیٹ انفارمیشن ڈیپارٹمنٹ کس شعبہ تمدُنس منٛز ڈرامہ آرٹسٹ تہٕ ڈرامہ نویس۔ اگرچہِ ناواوس اَتھ عہدس "Stock Assistant" سیکشن اوس ڈرامہ تہٕ موسیقی، شعروشاعری، دۄپہ ہم لوٗ کٔٹ بڈی ڈرامہ لیٚکھ گامَن ہنٛدِ خاطرٕ، مطلب گامہٕ مَسلہٕ۔ شہرِ مزاجہ تہِ گووتِھے پأٹھی ڈرامہ لیٚکھُن۔ اَکھ گوو لیٚکھن بیٚیہٕ گوو باقین سأتھیَن کیچول کیٛو ڈیپارٹمنٹل آرٹسٹن ستی یمَن منٛز کأم کرٕنی، یمَن دُہَن اُسی جناب شمیم احمد شمیم صأب، جنت گرٕی نکھ رب عطا، اتہ بڈی افسر، میۆن اوشکھ سبٹھاہ لول، خدا بۆرٕی نکھ تتہ لول ییٚتہِ چھِہ، مغفرت گرٕی نکھ۔ مےٚ گرٕ سخ محنت، مےٚ دِژکھ کہٕ کال گژھتھ ترقی بحیثیتِ پروڈیوسر، مےٚ میوٗل گامہ گامہ تہٕ شہرس رَژھرَ ژھِہ پھیرنس موقہٕ، پرٕ بتھ جایہٕ ڈرامہ، گیوٗن، ڈانس بیترِ۔

سٹیٹ انفارمیشن ڈیپارٹمنٹس منٛز اُسی مظفر احمد خان بڈی افسر، واریاہن

افسرن پیٹھہِ ، تمہ اُسی یژھان ، دلی خاہش اُسکھ غلام نبی باباگوٗژھ محکمہِ کِبن اکثر سیکشنن منز کاٗم کرنٕچ صلاحیت حاصل کرُن ، تمہ اُسی مےٚ گرانیوز سیکشن سوزان ، ترجمہِ کرنہٕ خاطرٕ ، سہل کتھا چھیٚنہٕ ترجمہٕ کرُن بیٚیہِ تہٕ اخبارٕی دُنیاہ خاطرٕ ، کیٚنژھہ نتہٕ کیٚنہہ لارٕیو واتہ ۔ گرا اُسم عارضی طوراسٹیٹ انفارمیشن افسرن ہنز غاٗر موجوٗدگی منز تہند بن دفترن تہنز جایہِ سوزان مگر پننس عہدس پیٹھے ، یوٚت گوس تتہٕ ہیٚو چھ کیٚنژھہ نتہٕ کیٚنہہ ، بُہری کدل انفارمیشن سینٹر ، بوٚڈہٕ کدل انفارمیشن سینٹر گوس ، وقت ووت اور زٕ اکہِ دوٚہہ چھُ مےٚ ڈایریکٹر انفارمیشن بقایاصاٗب ونان غلام نبی ژٕ گژھہ سہ کرگل بحیثیت اسسٹنٹ انفارمیشن آفیسر، مےٚ گُر معذرت ظاہر گرٕکہِ کُنزٕ کَنٕی ، اَمہِ ساری ونٕہ ٹُک مقصد چھ یہِ زِ محنت چھیٚہ عبادت ، پیٚژ محنت گرِو تیٚوٚت رُت پھل میلہِ ۔ بیٚیہِ یِیلہِ دیانتدأری سان لوٗکن ہُند خاٗدم بنِتھ کاٗم کرِو تیٚلہِ چھُ یزتھ یژتھ ، نوکری واتہِ اند مگر لوٗکن ہُند لول پوشہِ ہمیشہِ ــــ مےٚ تہٕ واٗژ وقتِ مقررس پیٹھ نوکری اند ، مگر لوٗکہِ ہنٛدِ لولہِ لکھُن ، تہٕندی مسلہِ باوٕنی ، تہٕ ووت نہٕ اند ـــ تہٕ روزِ انشاء اللہ چلہٕ وُن ــــ مےٚ ووت ۱۹۵۴ء پیٹھ باضابطہِ پاٗٹھی لوٗکن ہنٛدِ خاطرٕ لیکھان ، افسانہٕ رٔنگی ، ڈرامہ رٔنگی یا بیٚیہِ کُنہِ صوٗرتس منز ۔ میٚون گوڈنیک افسانہٕ یُس ۱۹۵۴ ہس منز کونگ پوش رِکس دوٚیمس نمبرس منز چھپیو ، چھُ میانہِ خاطرٕ اکھ یادگار افسانہٕ ییٚمہِ رٔنگی تکیازِ یہِ چھ میٚون گوڈنیک تخلیقی عمل ، اَتھ منز دون گرگلی موہنوبن ہنٛد ظلم وستم بوومُت ، یہِ افسانہٕ چھس بہٕ مِن وٕنِن ییٚتھ افسانوی مجموعس منز ییٚمہِ افسانک تھٔری ڈوٗکھ (اند) تھاوان ، ناو چھس ''راتُک خاب'' ۔

یہِ سورُے افسانوی مجموعہٕ تہٕ باقی کتھہٕ پٔرتھ چھِ مےٚ پٔرن والین نِش وومید تِم لیکھن مےٚ زِ اِنسانٕی ژُ رِکس تحت لیکھنَس منٛز کتھ حدس تام چھُس بہٕ کامیاب گومُت ، اگر تُہۍ کینٛہہ پوٗنسہٕ لفافس پیٹھ خرچ کٔرِتھ میٲنِس گرا یڈرٚسَس پیٹھ مےٚ چِٹھۍ سوٗزِو بہٕ روزٕ مشکوٗر، سٮ۪ٹھاہ مشکوٗر۔

تُہنٛد پنُن

غلام نبی بابا

---

ایڈرس:-

غلام نبی بابا

محلّہ بہاوالدین صاحب (نمدٕ ساز محلہٕ

(نوہٹہ) سرینگر۔۱۹۰۰۲



# تعارف



غلام نبی بابا چھُنہٕ خاصکر ادبی ،تمدنی تہٕ سماجی حلقن منز کُنہٕ تہٕ تعارفُک موحتاج۔ اما پوٚز روایتس پیش نظر تہٕ خاصکر آینٕد کالکس قاری ہنٛدِ باپتھ چھُ یہِ کرُن فأید منٛدٕ ے روزان۔ باباصأب چھُ ووٚنی تِمن بُزرگ افسانہٕ نِگارن، أدیبَن تہٕ مُنفرِد تمدنی کارکُنَن منز شأمل آسنُک اعزاز پراوان یِم کٔشیرِ ہنٛدِس ادبی تہٕ ثقافتی اَسمانس پیٚٹھ از بٕرونٛہہ اکہٕ پٔلہٕ پٔنٛژہ وٕری پرٛزلوٚنی تارکھ بٔنِتھ نموٗدار سپدی۔ پنٛنِس اَتھ زِٹھِس تمدنی سفرَس منز رود باباصأب سٹیجس ستی عملی طور وابستہٕ تہٕ پانہٕ تہٕ رٔو دبطور اداکار کأم کران۔ امہِ علاوٕ رٔو د ادبی محفلن منز تہٕ شریک سپدان۔ پنٛنی افسانہٕ پران تہٕ بیٚین ہم زمانہٕ ادیبَن شأیرَن تہٕ افسانہٕ نِگارَن ہنٛد بن ادبی تخلیقن پیٚٹھ تنقیدی گفتگوہس منز شریک سپدان۔ باباصأب چھُ تِموٚ کینٛژ وادیو منز یِموٚ پنٛنی گرٕ تہٕ ادبی محفلن ہنٛدِ باپتھ آیہٕ تن تھأوی۔ وٕری یہِ وادَن أسی أہنٛدِ گرِ متوٚاتر ادبی اجتماع لگان یِمَن اندر بٔڈی کیٛو لوٕکٕٹ مشہور تہٕ کم مشہوٗر ادیب، فنکار، افسانہٕ نگار شریک سپدِتھ سپدن واجنہٕ خیالہٕ بدلی ستی زندگی ہنٛدِس اَژھمن لولہٕ نیالس نزدیک یِتھ وأقف سپدنچ کوٗشش کٔرِتھ فأیدَس وومیدوار سپدان أسی۔

باباصأبن گوڈنیک چھاپ گوٚمُت افسانہٕ پوٚرمےٚ کونگ پوش رسالس منز۔ اَتھ شمارس منز چھُ نوٗر محمد روشن ترتیب کار اوسمُت۔ وٕری آسہا یوٚ ہے پٲنٛژٕ مہِ صٔدی ہُند سنہٕ ژُوٚنزہ۔ وقت گذرنس سٍتؠ سٍتؠ لیکھی اُمۍ واریاہ سِکٹ تہٕ لوٗکٕٹ بٔڈؠ ڈراماتہِ یِمو منزٕ اٙڈؠ ریڈیو کشمیرٕ پٮٹھہٕ پیش سپدؠ تہٕ اٙڈؠ واریاہ وٕری یو پتہٕ دور درشن سرینگر کیندرٕ پٮٹھہٕ۔ باباصأب روٗد ۱۹۴۹ اپٮٹھہٕ ۱۹۵۷ تام ملازمتکہِ حوالہٕ ریڈیو کشمیرس سٍتؠ وابستہٕ۔ اَتہِ روٗد یہِ خبرٕ تہِ پیش کران۔ مختلف موضوعہن پٮٹھ مضمون نگأری تہِ کران تہٕ کمپیرٕ سٕندی فرأیض تہِ انجام دِوان۔ باباصأب چھُنہٕ از اَتھ محکمس منز کأم کران مگر اُسی چھِ ازتہِ ریڈیو میرٕ پٮٹھہٕ اُمۍ سٕنز آواز بوزان۔ وٕری یہِ وادٕن ریڈیوہس منز ملازمت کرنہٕ پتہٕ ترٲو اُمۍ اَتھ ملازمتہٕ پنٕنی مرضی روٗد سٹیجس سٍتؠ وابستہٕ۔ پانٕے دِپان زِ سٹیجکی تقاضہٕ پوٗرٕ کرنہٕ کِس سِلسِلس منز دُیتم کلا کیندرسری نگرن زبردست حبس تہٕ اُتی گوس اُمہِ کِس زٲوی جارس اٙنزی مٔنزی۔ دِپان اَتہِ روٗدس لگ بگ ترٛبن وٕری یٮ۪ن تہٕ تمہِ پتہٕ سپزٕ اُمۍ سٕنز تقرری ریاستی انفارمیشن کِس کلچرل یونٹس منز بطور تمدنی کارکن۔ اَتھ محکمس منزٕ کٲژ وٕری دِنہٕ پتہٕ سپُد باباصأب اَتی یژتہٕ سان بطور پرڈیوسر ملازمتہٕ نِش سبکدوش۔ اَتھ دورس منز آو باباصأبس عام لُکن خاصکر دِہہ باشن نزدیکہٕ پٮٹھہٕ وُچھنک قیمتی موقہٕ بدس۔ شہرٕ وعلاوٕ گامن تہٕ سٔرین منز پھیری پھیری واتناوی اُمۍ کأشری بٔڈی کیٚو لوٗکٕٹ ڈراماسأری ہے کٔشیرِ اندر۔ اُمۍ سُند پٔنُن اَکھ ڈراما **وویہ کنالہِ اندر** سپُد سٹیجس پٮٹھ پیش کرنہٕ پتہٕ لوٗکن اندر سیٹھاہ مقبول۔ باباصأبنۍ گوڈنیچ افسانہٕ سومبرٕن چھپےٚ **یہٕ ست شٕدرنأوی** ۱۹۶۷ اندر یتھ

ادبی حلقن اندر رُت استقبال سپُد۔ اَمی ہٕندی کتی افسانہٕ سپدی ہندی زبٲنی منٛز تہٕ
ترجمہٕ یم ساہتیہ اکادمی ہنٛزن سومبرنَن منٛز تہٕ چھاپ سپدی کانٛہہ آو انگریزی
زبٲنی منٛز تہٕ پھرنہٕ۔ اَمی ہٕندو کینٛژہ افسانو چھ وُنیک تام چھپےمژن موتبر افسانہٕ
سومبرنَن منٛز تہٕ شوٗبہٕ دار جاے پرٲوٕمژ۔ مکالمَن ہُند اختصار تہٕ زبٲنی ہنٛز سادٕگی،
مخصوص حالاتن منٛز اِنسانہٕ سُند دزُن وبگلن طنز تہٕ چھر امزاج چھ کینٛہہ خاص چیز
یم اَمی ہٕندین افسانن منٛز نظرِ گژھان چھ تہٕ یمَن پرَن وول اکی پرنیہ ژینان
چھُ۔ یم تہٕ کردار پیش کرنہٕ آمٕتی چھ تم چھِ پنٕن آسُن پننہِ زمانہٕ تہٕ ماحولہٕ منٛز
حاصل کران۔ مگر تم چھِنہٕ پتہٕ تی یوت روزان ئلی کہِ چھِ تم پرتھ زمانکس
سوٗترس پیٹھ واتہٕ نچ دوٗ دور کران۔ اَمی ہٕندین افسانن ہنٛز بیاکھ خصوٗصیت چھ
انسان دوستی ہُند جذبہٕ۔ یِمیُک اَکھ انہار باباصاب پانہٕ تہٕ چھُ۔ یہِ خصوٗصیت
چھ یمن افسانن ہنٛدِس دُنیہس ہلکہٕ روٗمانی رنگ تہٕ کھالان۔

اِنسانہٕ ہٕندِ خٔتی یتہٕ چھُ باباصاب مرٛھیل تہٕ تہٕ رَلہٕ وُن تہِ۔ ہاوباو،
ژوبیہ، ساٗزی شہِ، وناوٗنی چھ یہِ پانس نش دوٗر تھاوان۔ یہِ چھُ اَمہِ لحاظہٕ پننہِ
برادری منٛز مشہور۔ بیٚین لوٗکن اَتھہٕ شیٚہلاونس منٛز چھس خوشی تہٕ مسرت حاصل
سپدان تہٕ اَمہِ باپتھ پیش پیش روزان۔

غلام نبی فراق

سرینگر۔نوشہر

۳۱ جنوری ۲۰۰۱ء

# یٚیتہٕ نابقآے ہبا



شُرہن اَس خبر زِ ازیٖیہ گُرِم کاکھ، تمو آسہٕ بیٚون بیٚون رنگن ہنٛزٕ لوکچہِ لوکچہِ جنٛڈِ بناوِمٕژ۔

تمہِ کورِ دیٚت نعرٕ ـــــ گُرِم کاکھ۔

باقیٚ شُر ہو دیٚت جواب ـــــ زنداباد

سہٕ گوو بروٚنٛٹھ شُرہن کُن یِوان تہٕ شُری گٔیہِ نعرٕ دِوان۔ تمو ژون سُہ جلوسہٕ کِس صوٗرتس منٛز اندر۔ وارٕ وارٕ گٔیہِ تم ساری بجہِ ماجہِ دانس تل تہٕ عاجزی سان وٚڈنہٕ ہیٚن ـــ موجی گُرِم کاکھ روزِ اَز یٚیتی۔ بجہِ ماجہِ ہنٛدِ آنکارٕ کھوٚت شُرہن پھیکو پیٹھی ماز۔

کاکھ کُس اوس؟

سہٕ اوس بجہِ ماجہِ ہُنٛد دوٚدٕ بوے، بڈیوٗمُت گُرِم کاکھ۔ تس اَس اَمس بیٚنہِ ہنٛز سخ گارٕ، سہٕ اوس تس نِش یِوان گژھان۔

گُرِم کاکہٕ نِس پھبرنہٕ چنٛدس کُن اَسی شُری تٔلی ٹارِ وچھان، تکیاز تتھ چنٛدس منٛز آسہٕ تمن کیٚژٕ رنگہٕ لایہِ آسان۔ کینٛژھا مینٛژھا علاوٕ اوس سُہ شُرہن کیٚژ اکھ نو کتھ انان، ژاٗرِتھ کتھ۔ سہٕ اوس نہٕ پاتالچہِ کتھٕ ونان، سہٕ اوس نہٕ پُری ییٚن اَتھِ آدم زادس دوٚد دِیاوان نہٕ جنٛس اتھِ انسانس کو ہوٚپتی کنی نیاوِتھ تس اَتھِ جِنہٕ

پانس گٔنڈۍ دارِشِشترٕ وٕبوٲتھٕ پنجوٕہتۍ کشہِ ناوان۔ سُہ اوس سوٗے کتھ ونان۔ یتھ منز بڈٕ بن کیٚو لوکٹٕن پٔژن پان اَءنکھی پاٹھۍ لبنہٕ اوس یوان۔ تِمن اوس ہانیوٗ مُت پان وُشہِ نان۔ اوے اوٕس سُہ کامیاب کتھٕ گوٚر مانٕنہٕ یوان۔ شُرۍ اَسی انتظارس آسان گرِم کاکھ کریٚہِ۔ تُمۍ وۄن شُرٕ بن اَزۍ چھِ کتھِ ہبا چھُ ناو "یٚیتہِ نابقاٗے ہبا"

__ کیٚاہ __؟

شُر بولاجۍ کربٕھ یٚیتہِ نابقاٗے ہبا۔ سو کربٕھ زِ محلہٕ گوو ہُشیار۔ یہِ اَس تِتھٕہے کربٕھ یِژھ تِم سکوٗلہٕ چھٹۍ گژھن وِزِ اَسی لاگان۔

ہتا۔ کہو گوٚو؟ محلہٕ وٲلۍ ہادپن یہنٛد بن شُرٕ بن کیٚاہ گوو روت کیٚتھ۔

شُرۍ بیٹھۍ مأ لس ماجہِ ہٕنٛدِ روعبہ ژھوپہٕ گرِتھ۔ کتھہٕ گوٚر گوو یِمہِ آیہِ کتھہٕ ونان۔

یہِ اوس خضر مصالاہ، عقلہِ شکلہِ سٔبٹھاہ جان، تھوٚد تھوٚد پٕچ ہیوٗ دستار گٔنڈِتھ، یَتھ پیٹھ مصالہٕ تگارِ سِپہٕ اوس بہان، رہلہِ ہٕنٛدۍ پاٹھۍ اکھ اَکس منز کمبر پھساٗوِتھ چۄ کِرتس اَتھس منز سُہ پکان پکان پرِیِژٕ ہٕنٛدۍ پاٹھۍ پھیران اوس تہٕ کربٕھ کربٕھ دِوان۔ مصول، گرم مصول اَلہٕ ہا گرم اَلہٕ ہا۔ یہِ آلَو بوٗزِتھ اَسی شُرۍ لبوٗ منزٕ پھٹان تہٕ خضر مصالس پتہٕ پتہٕ پکان۔ خضر مصالہٕ بچھو وسٕرکہِ ڈٔنٛڈِس گُن تہٕ مصالہٕ تگارِ چوکہِ پیٹھ تھاوِتھ دِژون بٕیہِ آلَو۔ مصول گرم مصول اَلہٕ ہا، اَلہٕ ہا گرم اَلہٕ ہا۔

کتھ بوزن والو شُر بوٗتُل شور ____ اَلہٕ ہا اَلہٕ ہا۔ گرم اَلہٕ ہا۔ امہِ گرٕ کبو بزرگو دِتۍ دوٚن ژۄن ٹاپ۔ لایہِ ہن کاٗتھن۔ یہِ اوس سُہ گٔنۍ گرٕ محلس منز، یتھ

مژ بأے، باین ہنٛدی شُری ،شُر بن ہنٛدی شُری روزان اُسی تہٕ بیٚون اُسی نہٕ دراٗمتی ، ییٚلہِ زن بڈی بڈی مُلک تام بیٚون نیرٕنٛکی سنٛز اُسی کران ۔ یہِ چھیہٕ مُشترکہ ہندوستانکہِ تقسیمہٕ برٛونٛہہ کتھ ۔

خِضر مصالہٕ اوس ڈبل پوٗنٛسس واریاہ مصالہٕ دِوان ۔ شُری اُسی کاٗشرِ ژُکھانٛژل ٹوپہٕ ،عاٗرق چینہٕ خُضر دیٚلبن ہنٛزٕ ٹوپہٕ ، گول ٹوپہٕ ،یارٕو می ٹوپہٕ کبتھ مصالہٕ رٹان ۔

خِضر مصالُن مصالہٕ تگارٕ اوس نٲبِرٕم ژامنہٕ منٛدٕج ہیٚو آسان ۔ ہنا تال ہیٚور پہِن کھاٗرِتھ مصالہٕ تگارس پٮ۪تھ طرفہٕ رِکھ تراٗوِتھ، دٕگتھ نوٗنہٕ رِکھ،دٕگتھ مرٕژ وانگن رِکھہ تہٕ ترٛیٚیم شوٗنٛٹھ رِکھ، دوٗرِ وُچھتھ آسہٕ یِمہٕ رِکھہٕ دِل نٲوان ۔ مصالہٕ کھٮ۪تھ اُسی شُر بن گلی دزان ۔

باٹہ ماژٕ وول اوس مُد رِلیہٕ باٹہ مازس سٕنٛ وٕ کھنے کران

باٹہ ماز ہا

کوکر ماز ہا

ووزُل ماز ہا

تٔتہٕ پھوٗ ہا

کوکر ماز ہا

باٹہ ماز ہا

یہ اوس زٲلہٕ وُن سِوتھ مٹر تگارٕ آسان، تگارس اٗندی اٗندی رنٛگہٕ رنٛگہٕ ژیٚٹنہٕ، ووزُل نار ہیٚو مُجہٕ ژیٚوٹ ،بوٗڈ ژروٗن کنٛوٕر ، ژروٗنہٕ کِنہٕ کتھہٕ ، سارِنے ہنٛزٕ اٗچھ

آسہٕ ٲتھۍ کُن آسان، سُہ اوس نہٕ کانٛہہ یَس نہٕ یِہ باٹر مازُ وُچھِتھ آبہٕ گٔلۍ آسۍ یِوان۔ پٔزۍ پاٹھۍ اوس یِہ باٹر مازٕ ے آسان، دانہِ وَل تہٕ تربدۍ ژیٖوٹھ۔ بیٚاکھ گوٚیو وڈٕ ٲنۍ تہٕ زامُت دودبیٚیہِ تہِ اوس اتھ ستۍ کیٛاہ تام آسان۔

دوزُل تہٕ نیٖوٗل دستار گٔنڈِتھ پُلسہٕ وول، زِتچھِ زِتچھِ گوٗنٛژھہٕ تاو دِتھ، ژٕکھِل، پیٛٹۍ ہلہِ گٔنڈِتھ۔ پیٛٹھہِ منٛز اکہِ طرفہٕ کمچہِ، یتھ سوٗ اداٗ ژھٕ موچرٕ لٔکرٕ ہُنٛد دَن تہٕ ڈوڈُفٹ زِتچھر اوس، پرٕژھنے کرنے کمچہِ وایان، یُیمِس دَب پوٗنٛژہِ ہمِس دَب پوٗنٛژہِ، باٹر مازٕ وٲلِس گھرٕ امہِ دوہ کمچہِ دَبَو ستۍ بُتھِس لہہَ۔ لُوٗگن پھیٖوٗرسخ جوانن کھوٚت اشتعال، تم روٗدۍ زاگہِ۔

یَنجہِ وٲلۍ ہنٛز آواز ٲس دِلِس تَلگُھ پیٛٹھ کران، سُہ اوس یَنجہِ بدلہٕ حبس کٕنان، کیاہ تام اوس ونان وٕدِ وُنہِ ہٹہِ تہٕ موٚ درٕلیہِ۔

واہ یخ، واہ واہ یخ۔

کمہِ وَنہٕ وول مکھویخو۔

نجدِ ونہٕ وول مکھویخو۔

سونہٕ دوٗرگریو یخو۔

واہ یخ، واہ واہ یخ۔

أندری ہیوٚ تہٕ تھم یخو۔

کمہِ ہیٚہہَ گوٚلکھو یخو۔

شرمدار لگیو یخو۔

کأشرِ لگیو یخو۔

واہ یخ، واہ واہ یخ۔

اڈٕ کلہِ لگیو یخو۔

زبو کریٖیو وو یخو۔

کتھٕ پوٚنشہِ کرٕ یو یخو۔

ریش دار لگہٕ یو یخو۔

واہ یخ، واہ واہ یخ۔

کتھٕ گری سٹرِ زبانٕی یخہٕ واٗلی سندی عارٕ برٕتھ آلو بوٚ زِتھ وؤتھ تَس لو کچہ کورِ دَ دراپہِ اوٗش، خبر تَس کیاہ تو رفِکرِ؟ سارِ نٕے شُر بن کئیو بڈٕ بن گیہ ژھو پہ۔

پٕنٕی پٕنٕی آلو دِتھ سارِ وٕ ے، یمن منز اوس مصالہٕ وول، منٹر وول، یخہٕ وول بیترِ، مِشر مکاپہِ وول اوس ہناہ یمن رِنش بیٚون، تس اوس کانٕہہ کاٗنہہ کھوژان تہٕ۔ اوِ کنی زِسہ کیاہ اوس نہٕ اسہٕ وُن، گنڈٕ وُن، تتھ ولتہٕ ہس نہٕ کانٕہہ، مگر سہ اوس منٔزی بدٕلے کتھٕ ونان، تسند بن لفظن منز اوس نا طاقتھ۔ تسٕزِ آوازِ منز اوس نا اثر، تہٕ سہ اوس پنٕنہِ گو بہ تہٕ مُد رِہٹہِ ونان۔

واہ واہ مکاٗ ے ہبا۔

مِشر مکاٗ ے ہبا۔

واہ واہ مکاٗ ے ہبا۔

جوور مکاٗ ے ہبا۔

کھنڈٕ مکاٗ ے ہبا۔

ییٚتہٕ نابقاٗ ے ہبا۔

بہ بوٗج شہرٕچ مکاۓ ہبا۔

واہ واہ مکاۓ ہبا۔

اثر دار آوازِ تہٕ تھدِ جذبہٕ کنٛی گوٚژھ سُہ گٔنہٕ مُلکُکھ لِکھاری آسُن ۔ تٔمی اُسی دُنیاہکی سٕنٛی وہٕ گنٛی وُچھمتی ۔ مِشر مکاۓ اِنتھ اوس لنہٕ کنہٕ کران، یودوٕے سُہ کریہنٛوٕ تہٕ سفید والو کنٛی اڈٕ وٕرٕ اوس باسان مگر دِلہٕ کنٛی اوس سُہ جوان تہٕ مضبوط یَر اُڈک کاشُر، تگارس نہٕ مجمس کیتھ مکاۓ اِنان ۔ سُہ اوس پننٛی دَگ ہیتھ بازر درامُت تہٕ تمِ باوتھ کران، لوٗکھ اُسی جمع گامتی تہٕ تسند بن لفظن ژیتھ دِوان ۔ سُہ اوس پھیرِ پھیرِ ونان،

بیٚتہٕ نابقاۓ ہبا

بیہ بوٗج شہرٕچ مکاۓ ہبا

واہ واہ مکاۓ ہبا

اَمہِ دوہ آو نہٕ اَکُے پُلسہٕ وول ئلی کہِ واریاہ، تمن ہتی اوس سو نہٕ سُند گٔنہٕ وول لاگتھ تھوٚد تھوٚد کھوٗش وَرٕ دستار گنٛڈِتھ افسر، سُہ کمہٕ وول پُلسہٕ وول اوس سخ توان، یمو ساریو ے کوٚر مِشر مکایہِ وول ماردی دی اڈٕ مور، سُہ تیوٗ کھ لِتھہٕ وان لِتھہٕ وان، لگھ گیہِ ژکھ ۔

کتھ بوزن والو شُر بو ییلہِ مِشر مکایہِ والی سُند حال بوٗزتمن گیہِ بُتھی وہٕ زلی، تم اُسی اَتھن کھورن تہٕ ہرگو کران، باسان اوس تم کرن خبر کیاہ۔

گٔرِم کاکس کھوٚت بوٗش، بہٕ ونو دکتھِ ہنز بیا کھ لُنٛڈ تیلہِ ییلہِ سوٚت قہوٕ چاوٕ و۔

افواہ گیہِ مشر مکایہ وأُلس دِتِکھ کین۔

" کین کیاہ گوو؟" یہ پرُژھ تمۍ کلہٕ وٹھۍ شُرۍ۔

باقیو شُر بوٗ کر تسنز لاعلمی شنگر

سُہ گوو دم پھٹۍ۔

بیٚیہ گیہِ افواہ جرمانہٕ کوٚرہس، بانہٕ بٹھ کنہٕ ہس۔

ہے کیاہ گوم، تمو کیاہ آسہِ بانو کنہِ پتہٕ کوٚر مُت، یہ وۄن وۄچھس

دۆگ دِتھ اَمہِ گرچہِ خانہٕ دارِ کنہِ۔

"نوشہِ آسہٕ پۆژ لونچۆ ستی اۆش وتھر اوان۔

"کۆرِ کیاہ وَنے، کوتاہ بوز کھ، بیٚیہ ساعتہٕ۔"

"نہ توتہِ"

وَخ بدلیو، حالات بدلیے۔

بدلے مٔژ وأُلی، مصالہٕ وأُلی، چنہٕ وأُلی بیترِ۔ اَکھ اوس تمو مٔژ

ونان۔

"گرِ مامنگہٕ نے توٚ برُکھ"

موٗنجہِ گۆلی ہا

فارین پوٗر اٹہٕ ہا

کأشرِ نٔدرِ موٗنجہِ ہا

اَمہِ گرِکس ماُلکس تہٕ مأُلی کینہِ آدُ ڈھوٗٹلی اُسن

شُر بوٗ ہیوت لوتہِ لوتہٕ وَنن، فارین پوٗر اٹہٕ ہا

مائِلس ماجہِ ہئندِ ہیمۂ گُرتمَوژھوپۂ
بیا کھ ڈُچھُم ونان

چنۂ ہاچنۂ ہا
پانے یوان کھنۂ ہامےٴ ہاناوغنۂ ہا
مائِلس ناوسونۂ ہا
بلّم باٹُم چنۂ ہا
اَکھ گوَژھم کھن ہا
بَیہ گوَژھم چھن ہا
روپَین ہنز بنۂ ہا
بلّم باٹُم چنۂ ہا
پانےَ یِوان کھنۂ ہا

ہئندرۂمتی لُکھ غنیمتھےٴ زانان، اِدکیاہ کینژ ھامینژ ھابیترِ گوو پونَسن تۂ اُسن گو مُفت۔

واہ واہ تاں اوس رنگ برنگی مٹھایہِ کِنان، سُہ اوس ونان۔
مٹھائی لایا، واہ واہ تائں
رنگ برنگی لایا، واہ واہ تائں
لے لو بھائی، واہ واہ تائں
واہ واہ تائں بھائی، واہ واہ تائں
یہ واہ واہ تائں بوٗزِ تھ اَسی لُکھ اَسان اَسان، دوٗ گنی گرژھان، بوکھو بوکھو

مَتھاُے کھوٚان تہٕ پکان، واہ واہ گوٚیو وپوٚزُے مَگر یہِ تاٗں توٚرنہٕ مےٚ زانٛہہ فکرِ کیاہ گوو؟ مےٚ دژاونہٕ اتھ زانٛہہ تہِ معنی ___ خُدا زانہِ کرلبہٕ بہٕ معنے ___



# آتھ وارِ آتھ وارِ



کُٹھِ چھولبو چھ وِزِ وِزِ ہندی تیز اِنسانی شاہ پانس منز وُپر آوی متی،
زاوی لہِ بارک اکھ اکھ چاک چھُ ییمہِ کتھِ ہنز باوتھ کران زِ کُٹھیک
راز بوٚ رُتھ سینہٕ چھُ پھٹنس آمُت،
پتُھر چھُ ییمہِ کتھِ ہنز گواہی دِوان زِ کم کم کلہٕ چھِ گہنہٕ آمتی،
پیٚنچ پکہٕ دائی چھ مریض سیٚنن ہنز بدبوے ژھٹان۔
پینکی ساری پلو جوان انہارِ بجرُک پے دِوان۔
باتھ رٕومہٕ چھن لبن ہندی سفید شین ہوی ٹال بنیاے تسندِ خاطرِ اکھ
اکھ "سہ" پرِتھ "سہ" تسں زاگے ہیتھ، پرِتھ "سہ" چِھ اچھ تس نارِ ژنظر وسوالی
ترٛنگی دِوان، یہِ سورٕے چھُ تمی سُند وَنُن ــــــ

باتھ رٕومہٕ کھوٚ مشکو کوٚر تضاد

پاد، کلہٕ پھوٚٹ، اُف ــــــ
پھٹی متہِ شیشہ پٹہِ کنی گرتسنز وِنظر وتمن ماجہِ کور بن تہٕ امس وقتہٕ کس
خوجہ زادس اِحاطہٕ، دوسہِ تلگھ اِنسان گو وہنگہ منگہٕ ننگہٕ،
ماجہِ کور بوتر وٗس ٹھہہ ٹھہہ کران اُسن۔

خدایَن رٔو چھ یژتھ

یژتھ دار چھک نا، یہِ وۄن پیاری ہنٛز ماجہِ۔

مٔیون یژتھ گوو چانہِ کورِ ہنٛد بن کھورَن ہنٛد خاک..... یہِ کٔمی سنادِژ

دوسہِ پٔٹھہِ ووٚٹھ، یہِ وۄن شرارتہٕ سان خوجہِ زادَن،

یہِ گوو نظرَن ہُنٛد دوکھہٕ تہٕ کٔنٛن ہُنٛد گوبر، یہِ وۄن پیاری دنداسہٕ ستی

ووزلیمتین وُٹھن برینٛڈ کڈان کڈان۔

بۄزۄنتھ ما گوٚو شامہٕ ژھمبرن، خنجر نستہِ ستہٕ چۄنٛبل تیلی شیران شیران

پرژھس یہِ پیاری ہنٛز ماجہِ۔

چاۓ کٔنٛز کُہہ آسہِ ہے، یہِ اوس پیاری ہُنٛد سوال۔

اِنسانہٕ بنیٚہِ کُہہ، ____بوز____ یہِ چھ تُہنٛدِس ٹائیگرٕنی آواز۔

موجی ٹایگرَس ہے لاٗے کٔمی تام کٔنٛز..... بوزی... چانٛچہ راے چھ کران

مے آس موجی کانٛسہِ ووہ وُہو کران.....

پیاری توتہِ کیاز ائی ژ ے ژَکھ؟ نتہٕ پُنٛیا چانہِ ماجہِ ہُنٛد وُہوتُس۔ یہِ

اوس خوجہِ زادٕ سُنٛد زہر بۄ رُتھ کلام....

پیاری ترووس اُسن کھنٛگالہٕ۔

خوجہِ زادٕ گوو دَم پھٹے.... نہٕ سر نہٕ صدا...

تَب ٹیٹھیوو، باسیوو تارکھ پٔنٛپہ ٹاس ٹاس کران وٚسی۔

زٔوَن ہُنٛد کٹھہٕ کوٚشش پٹھراونہٕ خاطرٕ وۄن ماجہِ کورِ کُن، پیاری، وُچھان

چھکھے ٹیگرَن، کٹھہٕ پاٹھی دُیتے کھورَن تل پان داٗرِتھ، دِسی پھشہِ ہَن۔

موجی یمس ہے چانٹس رَتھ لور،...... دۆ پے نا موجی مہ آس کانٛسہٕ ڈُہو کڈان۔ یس ژۆپ ہیٚیہٕ سہ لایہ ہے گٔنی، ...... پیارٓی ووتھرو وپنہٕ سِلکی رُمالہٕ ستی ٹیگرنہٕ چانٛٹھ رَتھ...... شوخ رَتھ...... ٹیگرن دُیت تسنٛد بن پادَن تل چونٛٹھ، سارنے لٔج اَسن موہر..... ٹیگرنہٕ اکہِ اکہِ لیوٚنہٕ گوو پیاری ہنٛدِ بُتھیک رنگ بدلان...... اُچھن ہنٛدی نارٕ ٹأکرو ہیس...... ٹیگرنہٕ خوٗنکی کیٚنٛہہ قطرٕ پیٚیہٕ پیارٓی ہنٛدِس زأرلس منٛز..... ٹیگرن دِژ پننِس خوٗنَس لیوٚنی...... چُپ چُپ ..... پیاری نمے یِہ..... تمہٕ رٔٹی ٹیگرنی دۆنوے گن، زورٕ لوٚمہٕ نکھ، تمہٕ کھاجہٕ تسنٛز دۆنوے برونٛٹھمہٕ بٔژٕ پننہٕ کھونہٕ منٛز، تموہیوٚت اَکھأکی سنٛزن اُچھن منٛز خبر کیاہ لبُن۔ دۆنوٗنی وۆتھ اوش، تم گیہٕ پننہٕ نوٗ پانَونش بے خبر.....

پیارٓی یوٚت کیاہ، ہوٗنے چھاکِنہٕ بیٚیہٕ کیٚنٛہہ، یہِ وۆن خوجہٕ زادَن بُتھِس رَتھ کھٔستھ ....

''ژکتھ پیٹھ یوٚت منکن میژٕ لِدتھ ... بُتھ ترکرأ وِتھ وۆنُس پیاری۔

''ماجہِ ہاوٕ یوٗ وکورِ اُچھوتہٕ کھورِ بوٗمتہٕ کرتہٕ..

''پیاری دُیت ٹیگرس خوجہٕ زادَس گن جبس، اوٗس کھس۔

''درٕ درٕ، پیارٓی اگر یِژھ زمینس تل والتھ، یہِ چھر ووتھنہٕ ہوٗن مے خلاف''؟

''ہیو خوجہٕ کٹیا۔ اکھ سلیپر ٹاس میوٗن چھ ژٕ نے ہوٗبن خوجہٕ زادَن بالہٕ تھوٗنکوٗ پیٹھہٕ والان...... ژٕ گسوٗ والہٕ ہن زمینس تل؟ خوجہٕ ٹھٔسیا۔ بُزدلا۔ دُسے ڈلی زِہےنہٕ کلہٕ پیٹھہٕ نلس تام... اَمہٕ ساعتہٕ اُس پیاری خوجہٕ کِٹس نالَس تھھ

ترأوۄمژ،

''خوجہِ زادَس درلیہِ أچھِ پھٔٹتھ، دَم گوس، سُہ دَریٚو ونہٕ اَدٕ تیٚتھ،

''یُتھ نَے پیارٕ ی رعبس تل یِکھ...

''موج بہٕ تیٚے چأنٛز کوٗرچھس۔

کوٗری تیمِر دامَن ءتھِ تھِ کأتیاہ تیٚو نگل وُچھمتِٕ، ءتھِ وِے لۄکو ولتہٕ

نأوِ نأسی یَتھ حالس، یِم نَے سأنٛس درواَزس ٹنگ گالہٕ ہَن، پرانبن جنتیَن ہنٛز

بنأوۄمژ یہِ ڈیپڈی ما آوسہِ ہے، اَتھ تیٚے توراوس، اَتھ تیٚے ہانٛکلہٕ آسہٕ.....

موجی تراو کتھاہ، یہِ گووتہٕ تہِ گوو، آیا بھی کُتا گیا بھی کُتا، بہٕ تہِ وُچھِ کُس

ماجہِ ہُنٛد گوٚبرانہِ سَتھ کلہٕ تہٕ یٚیمہِ براَژِ، یِی ونان ونان وول پیاری تالہِ پٹھُک

سُکارف ڈٔبکس بون تام تہٕ اَمہِ چھِن دون لونچِن ہیٚوتُن پٔنہِ ہونگنہِ بوٗنہٕ کنہِ ہری

وأرِلس نزدیک چیرٕ گنٛڈ۔



# شبہٕ رٕتھ موٗتٕبرٕ ہنٛدٕ



میٚے گوو گمانہٕ نتہٕ ماچھکھ خاب وُچھمُت تہٕ ونہٕ چھُکھ آمُت ، بس اگر پٔژھ کٔرِ وسوٗکرِ زبوٗ اٖمی ہے یعنے میٚے پٔژھ ، سٔیوٗ دساد تہٕ شہزاد چھُے ۔

تمہِ اوسہٕ خاب وُچھمُت کنہٕ نہٕ ، مگر میٚے اوس کالہٕ خاب وُچھمُت ، خوجہِ بابے اٖس وَنان اٖسی سارٕی چھِ چون پھران آسان ۔ بدلٕے انسانا ، گولہِ وُلن لایق ، کتھِ ستی گلتھ گژھان مَند چھِ بُتھ'' ۔

یژھِ پوشہِ ژٔنجہِ ہنٛدٕی موٗدرٕی احساس کوٚرُس بہٕ ہُشار ، سانہِ پھرِ ہنٛزِ نٔیبِرٕ کنہِ گیہ کارِ ہنٛز ہارَن ۔ یِمہِ ستی پھرِ ہنٛدٕی پژٕ اٖنی گن کھڑاگے ۔ بہٕ دژاس اَچھلی بُتھِ اٖچھن مُرن مُرن دِوان ووبہِ کنی ۔ خوجہِ بابے اٖس کارِ ہنٛزِ دارِ کنی کلہٕ کڈِتھ ظاہر پھرِ ہنٛدٕی بُلبُل اٖلی گنٛز راوان ۔ ژٕ دٕاہی پچ زوٗن اٖس برتل کھڑٕ ہٕژ ، ہمسأے بابہٕ آسہٕ داربو کنی ہوٗل گٔرتھ دژاہٕژ ، سانہِ پتھ کھورِ محلہٕ کنی اٖس شاذ ونا دِرٕے یژھ کاریا خوجہِ بابے پچھٕژ ۔

میٚے کوٚر دوٗن پاوبن کنُے تہٕ مُژرودُم بَر ۔ سو ژلیہٕ مٔیوٗن کُٹھ ، مُشکِیوٗ ، تیز خوشبوٕ ستی گوٗ ولبن ہنٛزٕ ن پژانبن بأرکھنجن تام شدید احساس ، میانہٕ ماجہِ تژ اوٗیس کسابہ کھورَن تل مگر تمہِ موٗنس نہٕ چاپے چٹنی ۔ یوٗ تام نہٕ میانہِ اٖچھ تُہنٛد توٗ و مکانہٕ وُچھن توٗ تام میٚے یِیتہِ کھیوٗن چوٗن حرام'' یہ ووٗن خوجہِ بابہٕ

مےٚ زَن بَخ گوو بیدار

کیٚنہہ میٖل کارِ منٛز کڑِتھ گیہٕ ز بنگلہٕ نظرِ ،وس سا" یہِ وۄن خوجہِ بابہِ مےٚ گُن اَسہٕ وُنہِ ہونٛجہٕ"۔

ڈَبل زیٖنہٕ کِس پژٕ اُنس پتلونس لوٗم مےٚ گُمی تام زورٕ سان تہٕ بہٕ پیٚوس امہِ دَرٕ ستیٚ پتیٚ کنی، انگریزی پاتلونہٕ ہونس اُس میانہِ پتلونٛچ بڈ چھل اُسس منٛز، خوجہِ نوشہِ گرہٕ ہونس سٕخ ووہ دُہو ،آہ ، پیٚیہِ مونڈجہِ نَس وٕستھ ،تھزِ کھورِ سنڈلہٕ ستیٚ تژٕ اُوی نَس کلَس گژٕ ٹاس ،مگرتمی تژٕ اُونہٕ پتلونٛچ چھل توتہِ اُسہٕ منٛز۔

یہِ بنگلہِ تہٕ سونےٚ ،تہٕ ہہٕ تہٕ ،ووٚنی چھ اَسہِ ییٚتھ بیاکھ تامیر کرُن۔ یہِ آسہِ لنٛدنہٕ کِس طرزَس پیٹھ ،خوجہِ بابہٕ ژٕٹ خوجہ ہنٛز کتھ تہٕ شانَن پیٹھ پوشہِ کھوتہٕ لوٚت ، اتھہِ تھاوِتھ ووٚنم ،یوٚ تام تامیر اند واتہٕ ،توٚ تام چھےٚ ژےٚ ییٚتھ تامیرَس بُتھہِ روزُن، چھانَن ،ڈسی لَن تہٕ موٚ زوٗرَن حساب تھاوُن، سیکہِ ،باجرِ تہٕ سیمنٹھ گاڑٕبن شُمار تھاوُن،لکرِ ہُنٛد فٕٹہٕ وار آسی ژےٚ تگانی، زُووَنٛدرےٚ میٛلتھ تہٕ میٛنزِتھ لکر دِنی چھانَن۔

مےٚ چھ ہیٚرِ پیٹھہٕ بون تام عارقہ سرٛان گوٚمت ،دپان چھس کرٛتلہِ خوجہِ بابےٚ یہِ پوشہِ کھوتہٕ لوٚت مگر نارٕ کھل ہیٚو اتھہٕ میانہٕ شانو پیٹھہٕ تھوٚد۔

مےٚ تھاوِی تَن کانہہ تہِ جسمہٕ کِس کُنہِ تہٕ تانَس پیٹھ اتھہٕ ، مےٚ چھ کھران، سٕخ کھران، کِتہٕ کِتہٕ ہیٚو گژھان۔

بٕنگلک کُن کھنہٕ خاطرٕ چوٗنہٕ رِکھ تژٕ اونہٕ بژونٛتھ آونیٚو لےٚ کھیٚون لایق کھٕ اَنہٕ ،سفید شین ہیٚو کٕتھ تھنہِ مٕتھ ہیٚو ،سورمہٕ چشمہٕ ،تُنٛد پکنُک اندازٕ اوس

بدلے ،شہزادِ پکُن ،مگر موءتنۍ ئتھ ،مٔنزِ پتھ گُن نظر دِتھ خبر کس ونان ۔''الوداع''

مے چھُ یَتھ تامِرس چھپہٕ لگُن ،دوٗرِ گیہ گبہٕ ہنٛز آواز ،جگرس پارٕ پارٕ کرِ وِنی آواز

،سوتورٕ ونان ،پنہٕ نس اُمس ژھینہٕ گژھن وأرِلسٕ ستی بأ جس ۔

''زُونٛدٕ رے ،رَتہٕ چھپہٕ لگے ،سأنس قبیلس اوس ازلے یِی لیکھتھ ،بہٕ

کُس کرٕ تھ اُوتھس یِیہٕ ''بتو'' مے ہالایہٕ نے ووٗنی سأری ژھولہٕ ''بتو''۔

کٹہٕ خوٗنَن دُیتھ پچ شرٛاکہٕ تل ہور تام چھکارٕ ۔تِمَو تِچھِ زنگہٕ ،سبٹھاہ

جُستجو کریوٗن مگر لاحاصِل ،کٔنس بوٗرُکھ پھوکھتہٕ پوشیدا اَنگ دژاے نٔی ___ خوجہِ

بابہِ نٔیوٗ بے شوٗنکی پاٹھی رانہِ گُن اتھہٕ ۔

ران تہٕ سینہٕ آو گنڈٕ سونٛنن کُیت تھاونہٕ ،بوٗکہٕ وچہِ کھیٛیہٕ خوجہِ کٹُو ۔پٔس

منظرس منٛز اوس کُس تام ونان ،یِمَن چھایہٕ پأنس کھیٛون کِنہٕ خدا صأبنہٕ خأطرٕ

بأ گراوُن ۔

پوہ نٔیو خوجہِ بابہِ تہٕ لوتی پلہٕ نووٗن نوشہٕ ،کانہِ پٔتُل تہٕ نکہٕ سکہٕ آو

موٗ زوٗرن تہٕ ڈُسی لَن دِنہٕ ۔

خوجن دُدرٕ لبھ ژاُرِتھ چھکی اُکی موٗ زوٗرن تِمَو نٔہی کُٹن تہٕ ڈٕمِی نہِ کاوَن۔

بوٗ ڈششِو رنیو دلیہٕ ۔

خوجن ہوولانگرس ژھاگلبن گُن.......

موٗ زوٗرن کوٗر آکھتھو۔

مے دِژٕ اُکی شُری لوتہِ پاٹھی بزِتھ پٔہی کھٔنڈاہ تہٕ ووٗن تِمَو یہِ دِژٕ نے مِی ،بہٕ

روٗدُس پرٕ بتھ اُسہٕ دِرٕ دِرٕ ،شوروٗتھ ،خوجہِ نوشہِ ووٗن ہوٗنس گُن ہُریمانے پھن۔

ڈِرٕ، وَڑھیہ ترٕ، سارِوے ترٛ ودیہٕ بۆزِتھ اُسن، ڈانگ دِی دِی تہٕ ڈۆل نہٕ ہۆن پٕننہٕ ہنہٕ۔

مۆزۆرَن ترٛ وو ہۆنس بیلہٕ ٹاس، ہۆنی ناپاے کی ءستی گووا اَنہٕ ہیوٗ پتھر مۆگُر۔

ڈٕسی لَن لۆم ہۆنس پٕتمہٕ زنگہٕ مگر تٕمی ترٛ وونہٕ کلہٕ ہیرٕ ہُنڈ گن ہرگزنہٕ اَسہٕ منٛزٕ۔ ہۆنی نیہٕ لتھہٕ وان لتھہٕ وان کنہٕ ژٹتھ کلہٕ ہیر۔ خوجس تہٕ خوجہٕ بابہٕ گووا اَسان اَسان ٹوکہٕ سۆر۔

بُڈٕ ڈٕسل اوس پرٛ لنہٕ عانکہٕ تلی بے شونکھ پاٹھی خوجہٕ بابہٕ ہنٛزٕ الانٛزٕ پاٹھی ڈور گن وُچھان۔ خوجہٕ بابہٕ پیوٗ وچھس تہٕ احتیاطہٕ سان کھاژِن ڈۆر ہیوٗر گن۔

مے وۆنٛ ژپچہٕ گُرسی، بہٕ ہیوٗتٕمس بٕہن تہٕ گُرسی گیہٕ اڈک لۆر۔ مے آیہٕ خوجہٕ بابہٕ ہنٛزٕ مٕژھ تھٕچھ بہٕ بچوس پتھر پینہٕ نشہٕ، مگر سارنے تھی گوس شرمنٛدٕ۔ بُڈٕ ڈٕسل وۆتھ مے گن بُڈِتھ تہٕ بۆلِتھ ــــ وونی حض چھے اَسی ءستی کام۔ کیاہ چھکھ اَتنِتھ کران وولہٕ بہٕ یتھ گرمٕژ کۆنہٕ کنہٕ پیٹھ۔ گُرسی چھنہٕ ساٗرنیران، یہٕ گووا کھ خوجس ءستی بتہٕ کھیون بٕیہٕ ناٹہٕ پھٕلِس گن اَتھہٕ نٕین۔

خوجہٕ باے وٕژھ پلہٕ پٕژھ پنٛزٕ ہش تہٕ ووٗنُن بُڈٕ ڈٕسیلس۔ ہے کیاہ سا چھہس ونان، یہٕ ہسا گووماٗلکھ، یہٕ سورٕ ے کارخانہٕ اَمیسے ماتحت۔

اِحض ماٗفی دِیو، یہٕ ووٗن بُڈٕ دوستن شوٗلس رَزِ گنڈ مٕژران۔

خوجہٕ موہنیو بروٗنٹھ بروٗنٹھ تہٕ خوجہٕ داے پتہٕ پتہٕ باٗقرٕ خانہٕ مجمہٕ ہتھ۔ موہنیو کٕنڈ کاٗری سماوارس کیتھ قہوٕ ہتھ۔ قہوٗن ژھوٚٹ مُشکھ، زانٕن والیو ووٗن یہٕ

گو وکو نگہٕ قہو ، ساٛ دَن دِژٕ مےٚ زٕ باٛقر خانہٕ ۔

ساٛدٕ اَس زٕ وٕ زبتہٕ ، بتھٕس اوٗسٕس دلنہٕ تلگھ تُمن لار یوٗمُت ، کالہٕ اوٚ برٕس تل زوٚن ، خوجہٕ ہٕندِ آلوٕ اَس تَس زَن ساری ہے پانٕس تھوتھہٕ واے نیران ، ڈبکس دژٕ ہ کھاٛرِتھ ہور گُن یور گُن ڈال دِوان ۔

پیاٛلَن لوٗگ ماچھر ، تلرِ گیہ پاٛدٕ ، خوجہٕ بابہٕ گر کر بکھ ییلہٕ تَس نالہٕ کَنٕ تلٕر ژالیہٕ ۔ شور ووٗتھ ، بڑٕ دٕسل اوس منز منز اُژِتھ پرژھان کتھ حض دِژنے ٹو پھ ؟ خوجہٕ باے اَس نالَس چیر تھپھ کرِتھ ، ٹلر اَس موچھِ موٚرنہٕ گژھتھ وَچھس پٹھ شہلیمژٕ ۔

مےٚ آے ساڑٕ پانژٕ ساس روپیہٕ موٚ زوٚرَن تہٕ باقے کاری گرَن ہفتچ موٚ زوٚری باٛ گراونہٕ خاطرٕ دِنہٕ ۔ داہ روپیہٕ چھو نیہٕ ، مےٚ تُجہٕ صدرِ رہنٕدس اَندرِ مس چندٕس ٹیپہٕ تہٕ رَہز پوٚنسو منز کوٚ ڈُم دہہَ روپیٚن تہٕ تتھہٕ پاٛ ٹھی کوٚ رُم خوجہٕ سُند رَقم پوٚرٕ ۔

خوجہٕ باے آیہ ماشہٕ ماٛرِتھ تہٕ پرژھنَم ۔ آیا برابری؟

خوجہٕ نوشہٕ ہُند بُتھ وُچھتھ باسیو مےٚ تَس داہ روپیہٕ کم گژھنک سخ احساس ، سو کتھہٕ پاٛ ٹھی ونہٕ ہے مےٚ یہٕ اوسے خوجہٕ بایی کم تھوومُت ۔ ونٕس نہٕ وار ۔

ساٛ دَن اوس تمی ساعتہٕ ژرژمُت ییلہٕ مےٚ صدرِ چندٕس ٹیپہٕ تُلِتھ دہہَ روٗپیٚن کوٚڈ خوجہٕ رقمس پرُونہٕ خاطرٕ ۔ سو ژلیہٕ ہمہٕ بنگلہٕ کِس باتھ روٗمس منز تہٕ لو کچہٕ شیشہٕ دارِ کنٕ ہوٗ دُن مےٚ دہ یوٗ دہ یوٗ اَتھو ولہٕ یوٚری ـــــ مےٚ زِ خبر کیاہ گوو؟

یتھٕ بہٕ باتھ رٕوٚم ژاس مےٚ زِ کیاہ ڈٕلیل ؟ تمہٕ ترٕ ووٚمےٚ چنٛدس کیاہ تام، گرٕ وأتتھ وُچھ مےٚ پنٛژاہ روپیٚن تہٕ اَکھ سونہٕ سنٛزٕ وأج ناو کھٕنتھ ۔ یہ اُس خوجہٕ نوشہِ ہنٛز مےٚ پیٹھ مہربأنی۔

خوجہِ کوج اوس دوٚیہِ بجہِ پٹھٕ ترٛبن بجن تام کھٕنہٕ یِوان ۔ یوٚ دوٚے بہٕ گُنہِ ساعتہٕ خوجہِ ژھٹہٕ رَس کھمبہٕ ہامےٚ اوس میاٚدس ڈٕمب کران۔

سأدِتہٕ اُس تا غَس منٛز تاپَس اَسی ستیٚ کوج کھوان ۔ دپان اُس تاپس منٛز چھ مےٚ زُو، بتَس چھُم تاپس مزٕ لگان۔

بُڈ ڈٕسی لَن کوٚر پیٚنہٕ ووزُل نار ہِو ماژٕ رِمنٛزٕ توٚت پھوٚل ہیٚتھ سأدس زارٕ پارٕ، تمہِ روٗٹُس نہٕ ہرگز۔

اَدبی یوٗر کھٕنےٚ رَٹکھ پنٛنی سنہِ منٛز دِتیٚلہِ رژھا، اِنٛہہ کیا باگوٚے ووستا، وہ پرٕ زنانہٕ ہُند ژھیوٗٹ کھیوٗن ہباچھے گوناہ، خدازالی نارٕ ۔ اِنٛہہ وُچھ بُڈتھ کیاہ برٕ تھٕیوٗمُت چھُھ۔

بُڈ ڈٕسی لَن ڈأج سأدنہِ جوابہٕ ٹیوٗٹھ گرٕھتھ ہورٕ گٕن نظرِ تہٕ یپأرٕ ترٕ وو مےٚ سأدَن پیٚن سنٛزٕ ٹوٚر دُبہٕ پھرِتھ۔

خوجہِ آوا کہِ دوٚہہ سخ نشہِ گرِتھ پہلگامہٕ پیٹھٕ سیوٗدُے گرٕ اَکس زیچھ کارِ کھٕستھ ، خریدار میم تہٕ اَ ٔسس ستیٚ ۔ خوجہِ تہٕ میم اُسی ژٕ کھلتھ آمتیٚ ۔

بُڈ ڈٕسل اوس نٔری کوٚتس لرِ پھرُن دِوان دِوان مُتلہٕ ہشہِ کران، خوجہِ بابہِ ییلہِ ورنٛڈاہ پیٹھٕ خوجَس تہٕ میمہِ ہُند حال وُچھ، سوٗ ژھ بٔہر ہشِ تہٕ روٗٹُن دوٚ یوٚ دوٚ یوٚ اَتھو میمہِ سونہٕ تھپہٕ ہیوٚمَس ۔ تس روٗدنہٕ پانس تام، تمہِ کیاہ کیاہ ووٚن

تس ۔ ہیَے بہٕ شرمی ، بوٹہٕ کاژری، سائنس شرافتس ہے کوٚر وُلرٕ پار۔ أسی نے
تھاوِو کاُنسہِ بتھ دِنی لایق ۔ ہیَے یہِ گُسے عناد چھے ہوٚرن، ژھنہٕ میے سیکہِ کتر،
دِژ مکھے پننس پانس وٚندِتھ ۔ تھوکہٕ ژےٚ ژھکھ سوٚنی سائٹھی وول أستھ شراب
چوان تہٕ تیمس پنٕزٕ ستی ڈِسکوکران ۔ ژےٚ موٚشیہِ خُدا، سُہ دوہ چھیہِ یاد یِیلہِ پہر منٛز
روزان أسی ، تالہِ تالہِ اوس وُتھ وَسان ۔ سُہ دوہ موٚشیہِ یِیلہِ سُری ژوچہٕ أسی
کھوان ۔ تم دوہ کوٚت گیہِ یِیلہِ مُشدِ منٛزٕ ے اوسکھ آسان ۔ یاد چھیہِ دپان
اوسکھ کُشیرِ چھیہٕ پیر وأر ۔ جواب دِ، سو گیہِ یہِ ونان ونان زَن پاگل، تمہِ کھاری
مژھن تام فراقہٕ نٔری تہٕ یکدم ترٛاوُن بٔیہِ میمہِ چھی ___ دوٚ پنٛس ___

ہیَے بلی، ہیَے میمی ، دی حساب یمَن دوہن کیاہ کوٚرتھ تیمس ستی
پہلگامہٕ ، تَس رُدنہٕ پانس تام ۔ تمہِ ژأر تَس دبل وألتھ مرٕژ وانگن ژیوٚٹ
ہش لکبھ، فراقس وولنس ہیرِ پیٹھہٕ بون تام چاکھ ۔

سأدس گوو باغہٕ یَس کوٚنس منٛز أسان پٔنڈُلِ ۔

خوجہِ نوش أس گُلی ژھایہِ خبر کیاہ کیاہ مے ہاوان تہٕ أسان ۔

بٔڈ ڈُسی لن کَڈ جل جل ہیژنہِ نارِ منٛزٕ ہیژن تہٕ پنہٕ داوتہٕ میمہِ نش آو
تسندِس فراقس ٹیب دِنہِ ۔ میم أس چکہٕ دِوان ۔ تَس أسی ہکی گوٚژھان، سو أس پننہٕ
زبأنی منٛز وَنان مے بچأوی تو ۔ چھوا کانٛہہ فرشتاہ یُس مے پناہ دِیہِ، تمہِ روٚٹ بُڈٕ
ڈُسِل نالہِ متہٕ تہٕ بے ساختہٕ ژوٚلُس نیرتھ ۔ Oh my father ۔ میم چھنہٕ ہرگز
تہٕ ڈُسی لُس ترٛاوان ۔ بُڈٕ ڈُسی لَس پرٛیٹھیہِ کھوورِ پراژہ منٛز لال میمہِ ہندِس ڈٕچھنس
پھیکس پیٹھ ۔ انگریزی پالتو ہوٚنی لیو میمہِ زنگہِ ۔

تأمیر ووتھ اَنٛد ، یہٕ چھُس اَتھ باغس منٛز تِتھی کُلِس تَل موتبری ہنٛدی شیٖہ رَبتھ یاد پاوان ۔ مےٚ بڑ وٕنٛتھ گٔن آیہ خوجہِ نوش اَشہِ ولنہِ اٚچھ چھٔلتھ تہٕ اُمِس پتہٕ پتہٕ ٹینٛڈ ہو پیٚٹھی سأدِ پکان۔

ایماندأری سان گٔرتھ ژےٚ شٕہن رتھن کأم ۔ وعدٕ مطأبق آسےٚ ژےٚ اَرداہ شبتھ روپیہ ننہ مگر ہٕشہِ میانہِ دِتھی بُتھ بُتھ ۔ لوٚتھ چھا ، کوج اوس بیٚتہِ ژھتہٕ رَسس ہتی کھوان ۔ اوٚک وَق چاےاوس چوان ۔ گٔنڈی توٚس حساب...

سأدَن ژٕٹ خوجہِ نوشہِ ہنٛز کتھ تہٕ ووٚنُن ____ تیٚمس رۄ دنہٕ پأنس تام تہٕ یٚیمہِ کوٚر ہٕشہِ واد ۔ دَپےٚ ووٚنٔس کیٚنہہ ۔ یُتےٚ ووٚن نٔس ہتہٕ حض بچور کیاہ اوس کھوان بیٚتہٕ ۔ گنہِ ساعتہٕ اوس زمینٛڈی بتہٕ کھوان ۔ اِدمتہٕ بوزتہٕ تمہِ کیاہ کیاہ ووٚن تیٚمس ____

''ژٕ کرکھہٕ مےٚ وادتسنٛدِ خأطرٕ ۔ مےٚ وَن ژےٚ کیاہ دلیل چھےٚ تَس ہتی''۔

''یٚیمہِ کیاژِ کوٚر رُس واد؟''

''یہِ کیٚنتھ سنا تیٚمس نہٕ فکری تران وُنہِ ۔ سأدَن کٔڈی یہِ ونان ونان وُٹھن بریٚڈی تہٕ پأنس دُیٚتُن یَل''۔

''مچلہٕ لاگان ۔ یہِ ووٚن خوجہِ نوشہِ۔

مےٚ اٚسی دوٚنہٕ وٕلی ہنٛدِ گولأبی خوش بو یہِ ہنٛدی تیز تیز شاہ شدتہٕ سان محسوٗس سپدان۔

☆.☆☆☆☆

# رُم گَیم شیشَس



کانٛہہ اکھا تہٕ اوس نہٕ وَنان زِ یِمَن سِنٛزن گَس نوٗ وُے مسالہ چھُ تڑ اونہٕ آمُت، یِمہٕ کنٛی یِمَن یِڑھ تیٛہہ چھِ پاڑ گاٹڑ۔ مے باسان اَمہٕ تیٛہہِ ستی چھُ سالرَن گوٚیو واُسی تھے یتھ قدنُما شیشَس تہٕ گُمہٕ پھُٹ ہتی۔

تڑیش باٗ گران باٗ گران اوس سُہ نہٕ مَشَن وول آدم شیشہٕ وِس گلاسَس پتہٕ تہٕ بڑ وُنٹھہٕ وُچھتھ پانسے ستی وَنان یہٕ شیشہٕ کوتاہ اُوٗیل چھُ۔

اَتھ سبہٕ منز وُٹن اُکی سالرَن کُنہٕ منٛد چھ وراٗے بے صبری سان—

ووستا—

تڑیش باٗ گراوَن واُلس ووزلیہٕ یہٕ ''ووستا'' آلو بوٗزِتھ کنہٕ پھیڑ تام، ڈبگَس ووتھہٕ رووُن گُمہٕ۔ تس اُس خبر یہٕ سالر کیاہ منگہٕ ووستَس، توَے وُڑھس ڈُھن تام تھتھراے۔ سُہ لوٚگ گلاسہٕ چھن رُمَن بیٛہہٕ وُنی دِنہٕ۔ ووشاہ تڑ اُوِتھ وُٹُن۔ یوٗت کال ووت یِمَن گلاسَن رَچھان، حبس کران، یِمَن کیاز گیہٕ رُمہٕ شیشَس گیہٕ رُم موکہٕ لیٛوس حُسن۔

بیٛہہٕ اُکی سالرَن دِژ کربکھ —ہے ووستاہ —

پتھ کُن پھیرِتھ، وُچھ ووستَن رُعبہٕ سان تہٕ وُٹنہٕ نَس۔ صبر صبر لچھ چھ یتھ منز واریاہ۔

کیمرامین اوس اَتھ سبہٕ منز خاص خاص شارٹ نِوان۔ مے باسیوٗ وُسہٕ

حبسہِ وولاہ، تمہٕ نیٚوبیہٕ شوٗنکی پاٗٹھی قد نُما شیشہِ منٛزی ووسِتہٕ سُند سالرس رعب کرُن تہٕ چونچس ژَکھِ ہیٚژ دِنن دِنی۔

تژلیش باٗ گرن وول چھ پریشان، زرد یوٗمُت۔ ووٚدِنی ووٚدِنی ڈٕکھرووُن لبہٕ کمبربیہٕ شوٗنکی پاٗٹھی سورُن یڈٕ تہٕ پانسے ستی ووٗنُن کانٛہہ سارٕ چھنہٕ یہِ یڈٕ تھاوان۔

اُڑی جن کھٕتی دستارخانس پیٹھ ہر جایہ ڈیر۔ اکھا اکھ ڈیر اوس پرٕ بتھ ژبتھ دِنہٕ واٗلی ہنٛدِ خاطرٕ، اکھا اکھ عبرتناک منظر پیش کران۔ یہِ چھ بیٚیا کھ سوال یمہٕ اُڑی جہِ کہنٛز آسہٕ۔

دستارخان آیہٕ دِننہٕ، اُڑی جہِ آیہِ دوٗر دوٗر تام چھکرا ونہٕ۔

اَتھ گرس منٛز اوس ڈریسنگ ٹیبلک شیشہِ یژ نہٕ پیٚٹھی خوٗبصورت بتھی ہاوان۔

کاجلس تہِ پٔنُن طاقتھ، کاٗنسہِ ہنٛزن چشمن پٔنہِ انٛدٕ لول بران تہٕ مس کھاٗسی ناوپاوان۔

تٕہنٛدِ بتھہِ کس نبس تارکھ پرہزٕ لاٗوِتھ گومُکش ناموٗر۔

سو سپدیہٕ مویس شانہٕ گرتھ، ڈریسنگ ٹیبلہٕ کس شیشس پیٚو وُتہٕ سُند حُسن پانس منٛز ویٚپہراوِتھ حسنک رازدار بنُن۔

سو چھیہ اَز پنہٕ نِس حُسنس پیٹھ پانہٕ تہٕ فریفتہٕ گٔژھتھ مُد رلِیہ ونان۔

کمال چاٗنس حُسنِ مجازس

بہٕ بال لاگے پرولنہٕ مدٕنو

مدٕنو لفظ یُتھے تیٚنزِ زیٛوِ دژاو، شی کُرِتھ آیہٕ اَتھ شیٚشس گوٚلی، رُمہٕ گٔیس بے شُمار، تیٚندِ نیٚکی تارَکھ باسیہِ لوسان، مگر تمہِ پتہٕ تہِ اوس حُسن پنہٕ نٕس دِلس پیٹھ اَتھہٕ تھاوِتھ پانَس یقین دِوان زِیہٕ حُسن چھُس لازوال، سٔنی نظر تھاون والیو وۄن أتی زِ حُسنُک یہِ یقین چھُ پانہٕ تہِ رُمہِ رُمہِ گوٚمُت۔

نظر بازَو منزٕ وۄن أکی أسی چھِ سیرِ منٛزی آنہٕ وُچھان، ییٚلہِ أمی ٚسندی پأٹھی آنہٕ منٛزی حال وُچھِتھ چارٕ ژھانڈَ وتیٚلے اَسہِ وق برہم دِیہِ۔ اصلی آنہٕ گوو عملی تجربہٕ۔ تیٚلہِ چھِ أسی ییٚتہِ کہِ بَڈِ کھوتہٕ بَڈِ آنہٕ منٛزی کم کم رنگ وُچھان۔ رُمے رُمہٕ ـــ دأدی لدنہٕ برٕ پیٹھے یور اَژُن مَٹہِ ہوان، اَڑکجہِ زبأنی وَنان أسی کتھہٕ پأٹھی اَژَو، اَسہِ چھِ سُمہٕ پھچمٕژ۔

کأنسہِ دأدی لدَسے سیٚود کتھ پھُوٚر تہٕ وۄنُن ، ہوٕ ہَس چھُ تأثیر بدٕلیو مُت۔

خبراوٕر أژِتھ بلا تیٚلکی پأٹھی، یمہٕ رُمہٕ وُچھِتھ چھُ موت قریب باسان۔

سورُے چھُ نژان ـیہِ تہِ وۄن أکی دأدی لدن۔

جناب أکِس دأدی لدَس کتھہٕ پأٹھی بیہہِ ووٕنی زِ دأدی کیاہ بلن ، یہِ اوس ماہرِ نفسیاتَس پرٕژھنہٕ آمُت سوال۔

یہَے سیٚزٕ ے کتھاہ چھَ۔ ییٚلہِ یمہٕ رُمہٕ واٹنہٕ یِن ، یہِ اوس ماہرٕ سُند جواب؛

یہِ سورُے لُہر أدِتھ پیٚیہِ نِوسرٕ تأمیر کرُن۔ اَدَے رُمہٕ ژلَن۔

یہ اوس بیٚیس أکی سُند تجویز۔

گٲرچھیٚہِ؟ یہِ پرُژھس نفسیاتکۍ ماہرَن۔

آ چھیٚم۔ مگر یَتھ تے رُمہٕ چھِ گاٲمژ۔ یتھ نَے وقتٕے چھُ بوزنہٕ یِوان۔

یُہوے رُمَل وَق۔

ماہرَس گیہِ جلاٲلی کیفیَت پأدِ، تہٕ وۄن نَس۔ مُڈٕ، ژیٚہ کتھ فِکرِ تارٕنی گوو مورد زِنٛدٕ کرُن۔ ژیٚہ چُھے نہٕ شیٖشہِ چھن رُمَن منٛز وَق لبنہٕ یِوان۔ ژٕ چُھک رُمہٕ واٹہٕ بدلہٕ لُہر اوُن تجویز کران ژٕ کُس چارٕ گرہیٚکھ بٕنتھ۔ وَٹھ اٲس۔ نیر یِیتہِ مَہ کر میٖون وَق ضایہِ۔



# اَحساس



امہِ ؤریہِ کِبن کیٚشرٕ ن افسرن تہٕ تازٕ خوجن ورآ ے تہِ آسی اَتھ مجلسہِ منٛز
بیٚہِ تہِ کینٛہہ نفر۔ مثالہِ پاٹھی دوستہٕ محمدُ ؠن نچوٗ یُس حالےٕ یورپہ پیٹھہٕ تھٔز تألیم
پرٕنس منٛز فیل گژھتھ پنہِ کشیرِ کیٛتھ تام واپس اوس آمُت ۔ أمِس ورآ ے اوس لتہِ
نادِر ٹاٹھہٕ ،یُس أمِس جوان تہٕ خوٗب صوٗرت انگریز مہمانٕس تھَلہِ تھَلہِ وُچھان
اوس ،منٛزی تسٕنزن زوتہٕ وتھن بلہٕ چشمن ستی پنہِ لیٚد رِتہٕ راٹھ دار چشمہٕ مِلہٕ ناوان
اوس، باسان اوس نادر ٹاٹھہٕ گوو انگریزس پتھ موٚت ۔ اَنگریز اوس دِلہٕ کِنی بوٚڈ
آسنہٕ پتہٕ تہِ کیاہ تام محسوس کرِتھ ہورکُن چشمہٕ پھِران ۔

نادر ٹاٹھنہِ وُچھنہِ تہٕ وُچھنہٕ ستی آیہِ انگریزٕ سٕند بن اَدٕ ہَن منٛز بیٚہ ہَن تہِ
خوبصورتی ۔ اشارٕ نے اشارَن منٛز کوٚرتِمی نادر ٹاٹھہٕ نٕس دِل ودبما غس پیٹھ قبضہٕ،
سُہ اوس انگریزٕ سٕند بن زاآوی لبن کَعَن پتہٕ تہٕ بروٗنٹھہٕ وُچھِتھ پنٕنبن کعن
بہ شوٗنکی پاٹھی سأرِتھ بہ ستھ ہیٛوٗ گژھان، یتھے پاٹھی انگریزٕ سٕندِس سونہٕ زٕ ژٕ ووتھہٕ
وُنس مستَس عارٕ برٕ ژونظرَ ووُچھِتھ پنٕس مستس ڈ بکہٕ پیٹھہٕ گردنہِ تام پھشاہ دِوان
تہٕ پنہِ شکلہِ بیزار گژھان، تس لگی پارٕ دی ژھرٹھ گراہ کعن کشان، گراہ اوٚنگجہِ ٹیٚنڈ بن
مِشلی ٹلان ،کھوفر زنگ ڈٕ چھنہِ تہٕ ڈٕ چھنی کھوفرِ پیٹھ تھاوِتھ غوطن گژھان۔ سَدرِ
چٕندس لوٚگ ژبل دِنہِ ۔ بُتھِس پھیٚوٗرُس رنگ ہیٛوٗ ،ہٕندرِہتی شُری زن ہیٛوت

پھرستَن ۂتی اُسن ۔ وۆ زُل رِکھِ دار بٹٕو کوٚ ڈُن چنٛدٕ منٛز، بٹٕوس کُن اَکھ نظراہ تہٕ بیٛا کھ انگریزس کُن ڈبکہٕ ژٔکھرُن، وُٹھن بریڈ کٔڈنی، باسان اوس انگریزٕ سٕندی ساٗری حسین ادا، وُتھی اُمس بٹٕو وُچھتھ ذہنہٕ پٹھٕ، بٹٕوس اتھس پٹھٕ تول کرنہٕ پتہٕ کھوٚت نہٕ تس انگریزپنہٕ رِکسہٕ ہنٛدِس ٹینٛڈی نٕمس برابر تہٕ فکرٕ، یور کُن یتھ دِتھ لوٚگ سُہ ووستہٕ محمدُ ین، تِسنٛدِس نیٛچوی سُندتہٕ تس افسر سُند گفتگو بوزنہٕ، خبر کیا زِ آس تَپہٕ لدٕ سٕندی پاٗٹھی وُتارٕ، کیاہ تام سوٗچُن، پرانہِ وقتہٕ رِکس پونڈٕ نس ژوچہٕ وٗرِس تہٕ اُزی رِکس بٔنڈس سُمب گرٕ گرٕن چنٛدٕ منٛز، سُہ لوٚگ گرِ ہنٛدی نمبر گٔنٛز راونہٕ ۔ اَکھ، زٕ ترٕ،ہِہن تل واٗتتھ راوس گرہنٛد زن کرٕہ ساسا ژٔھنٛڈتھ پیٚو، تِسنٛدِ بتھِ تلہٕ اوس تُسنٛدٕ تھکن ٹاکارٕ ہیٛو باسان ۔ گرٕ گیہ اتھہٕ ہے کِتھ مُشتھ، اُچھی پھرِ ہن تالوٗس کُن، ترُواہِ پٹھہٕ گٕرن ہیٛہ گرہنٛد شروع، ختمبند تالوٚچہٕ پچہٕ ترُواہ، ژوداہ، پنٛداہ گٔنٛز راوان گٔنٛز راوان ووت پٔنٛژٕ ونٛژٕہن تام، مےٚ دِژ ژٕبتھ، اما امہِ اورکونہٕ گٔنٛز راوان شاید ما آسبس نہٕ گرہنٛد یاد، گووعُمر چھبن چھٕمبی گرٕ مژٕ ۔ کینٛہہ نےٚ توتہِ آسہِ پٔنٛژٕ ونٛژاہ ۔ پٔنٛژٕ ونٛژاہ کھوٚت زیٛو پٹھٕ کِتھِ دراوکھر ۔ از چھُ سنٕہ گنوٗہ شبتھ تہٕ اکہٕ ہاٹھ ۔ امہِ موٚجوٗبہٕ چھُ گٕنہٕ وُہ شبتھ تہٕ شہس منٛز زامُت ۔ اَتھ سوچس چھُ اَڈٕ بن جاین واٹھ لگان تہٕ اَڈٕ بن نہٕ کینٛہہ اُمی نیٛو ہیٛہ سدرِ چنٛدٕس کُن اتھہٕ، چنٛدٕس کوٚرُن تول اَتھس پٹھٕ ۔ امہِ پتہٕ اُمی سٕندی بریڈی کٔڈنی یا یژٕہ ہشہِ حرکژ کرنہِ باسیٛو وٲمس چھِ ساٗری سالریٚے کچہٕ پوٚتی، ژھاوجہِ یادوٗ دجہِ گبہٕ ہشہِ باسان ۔ اُمی سٕند بن نکہٕ واربن ہنٛز ووپھہٕ راے اُس باس دِوان زِخوجہٕ چھُ تیز منٛز از، دٕنٛد ٹکنہٕ ۂتی گو واُمی سٕنٛز تیز منٛز اُزی تصدیق، اُمی سٕنٛز دُٹھہٕ پھسرا ے اُس نہٕ سار نےٚ سالرٕن بدرد

وننہٕ ورأے بیٛیہ کیہنہ ، چنٛدس چھُ برابرٕ دِپیٹھہٕ تول کران ۔ یہِ ماچھُ اسہِ سارِنٕے ونان ہمبوٗ تیرِ زَن مٲلی میاں تہٕ بوزبونہٕ کانٛہہ ـــــ کیاہ حض ؟ یہِ لفظِ کہز ژھُلس ہنگتہٕ منگہٕ زبٲنی منٛز نیرتھ ۔

نأدِرٹاٹھہٕ پھیٚو روو ستہٕ محمدِ نس نیٚچوس شبیرس کُن تہٕ وۄن نس ـــــ ژٕ سُوادِ ژٕ کتھہٕ کُروزیادے مگر کاشُر پأٹھی ، زَن ولایتہٕ چھِوتھنہٕ پیٚمتی ۔ بلاے آیہِ فرہنگی بولہِ دُنی یاہ وۄلُن مایہِ ۔ ٹٹ پٹ گوو عام ، مکأے زن چھِ تَوان یہِ بولان بولان ، شبیرتہٕ سہٕ افسردہ ووٚے گیہِ ، کتھ تام ، ششدررٕ زِتھ ۔

نأدِرٹاٹھن کڈلوکہ لیفہِ وورِسمب چھِٹہِ دٕج چنٛدٕ منٛز ، نستاہٕ دِنن ، شۄل تہٕ شۄل ، لُکھ أمی ہے کُن وُچھان ، یہِ چھا دَمن بستہٕ پھوک تراوان کِنہٕ نس دِنان ۔ محفلہِ ہٕنٛدی آداب چھِنہٕ أمس پَے ۔ یہِ وۄن مےٚ دٕچھِنی کِنی بہتھ أکی مُری دیٖادمن ۔

نأدِرٹاٹھہٕ پھیٚو رشبیرس کُن تہٕ ہیوٚتنس وَنُن ـــــ کیاہ کوٚرُتھ حأصل ، تألیم پرِنہٕ گوکھ ، تتہِ آسہٕ ہن تم کیٚچ پاس کرہنٕے ـــــ تِمنٕے ما کھارَ وسوٗرے راہ ـــــ پأنس تہٕ گوھیاموٗ غُل ڈٕہشتھ فأرسی پھوُرُن کِنہٕ نہ ۔ کہنی فأیدٕ اوے نہٕ ، اگر تجارتھ آسہِ ہتھ کوٚرمُت لٕچھن پٹھ آسہٕ ہک ، ألوٗ ، روہَن ، پژان یِموٗ تھوک حسابہٕ کُن اتھِ آے نہٕ گنہِ ۔ روپیہ کِنہٕ کتھہٕ ۔ وُچھِنی گرٕھن تہنٛدی باغ تہٕ بنٛگلہٕ ، توملہٕ باپاربن ہنٛز چھبنہٕ کتھے ۔ تم وُڈیہِ ، ہوگاڈ پھلبن بنیاے پھوتوٗ پھوتوٗ دِیار ، مِلا وٹھ کرن والبن کھسنیٕ تہِ کارتہٕ وٚسٕنی تہِ کار ـــــ مان تہٕ میٚون کرتہٕ لکرِ باپار ۔ فُچہ فُٹ پھیٖر ، خرپدارس کیاہ خبر راد میٚون نہٕ کینٛہہ ہونز جنگلن ہنٛدی جنگل آسنٕے

مُنڈی منز ڈولان ۔ ایم اے پٲرۍ متۍ آسنے گُماشتہٕ، کینٛہہ دژوے نہٕ پَرٕ پرٕستی ۔ اِد
گوٚ ژھ ژٕے ہیٚو دوٕہ ہبڑ رعاٗنکھ لاگن ۔ یاد چھُم پھوان تتھے پاٹھۍ اوس اَکھ لڑکاہ،
زلنہٕ ہَن ہٕشکیل، وَنۍ کیاہ، نظر اُس نہٕ تَس کُن دران ۔ مے اوس زٕو کھوتہٕ ٹوٹھ،
یوہے گو وجان پاٹھۍ نمبر پرنہٕ ۔ تورٕ آو تُتھے عاٗن تہٕ غاٗن عاٗنکھ لاگتھ ۔ییلہِ وُچھم
باکھ ژٕجم نیرتھ ۔ أمۍ سُند سورٕے پتٕیم نقشہِ آم نظرِ تل ۔ یہِ بوٗزتھ ژوٗل شبیرس ٹھہہ
ٹھہہ کران اَسُن نیرِتھ، أمۍ سُند اَسُن رُکیٚو نہٕ پھرس ۔ مجلس گٔیہ حاٗران۔
انگریزس تہٕ آو خبر کیاز اَسُن ۔ أتھۍ منز گوٚو طشٕ نارِ ٹھس تہٕ اَسنس تہِ گوٚو بس ۔

ناٗدِر ٹاٹھہ لوٚگ طش ناٗرٕ وُچھتھ پان سَمبالنہِ، ییٚزار ڈٲرتراٗون
ڈیٚجی، ییلہِ تمۍ طشتہِ منز نَس دِنۍ، سارنے کاٗشرن آیہِ خدانخواستہٕ رب متھنہٕ ___
اوٚنگجہِ ژاپکھ ۔

انگریزس پتھٕ گٔیہ ضِیافت تراوٕنۍ شروع ۔ انگریزن ییلہِ پولاوٕ بوٚک
کھنڈ رِکابہٕ منز روٗٹ ناٗدِر ٹاٹھس باسیوو نہٕ یہِ وُچھتھ انگریزٕ سُند معدٕ پتنہٕ چنٛدٕ
گوژرِ سوٗمب تہِ ۔ یوٚ تام نہٕ ناٗدِر ٹاٹھس نش پولاوٕ ووت توٚ تام روٗ دُسہٕ مُتۍ لہٕ
کران ۔ سُہ سَئیو وانگریزٕ کتھہٕ پاٹھۍ چھُ کاٗشرس بَرٕ مازس چھُرِ کانٹہٕ سٟتۍ لِشہِ لِشہِ ماز
ژٕلان ۔ ناٗدِر ٹاٹھن لاٗجی چھُری تہٕ کانٹہٕ ہتھ ناٹہِ پھٕلس سٟتۍ ژٕتھ دَملہٕ حمل، پیٚوٗزٕ
گوس الوٗنٛد ۔ ڈٕجی ہیٚرژٕن چنٛدٕ منز کڈِنۍ روپیٚن گوٚو شروٗنۍ ۔ روپیٚن ہُند شرونۍ بوزنہٕ
پتہٕ یہِ بڑونٛڈ کُن ووٚتس تہِ بوٗرُن اَسَس ہُرمُر گِرتھ ۔

انگریز اوس سورٕے ژرژان تہٕ رِکابہٕ پتہٕ کَس گوشتابس لرِ پھرٕنۍ دِی
دِی کیاہ تام سوٗنچان، زن تہٕ تمۍ کاٗنسہِ فلسفی یا سیاست دانہٕ سُند مستہٕ روٗستے کلہٕ

سبٕتھے تلاشہِ پتہٕ لٔبتھ اتھ پٹھ تحقیق اوس شروع کوٚر مُت ۔ سُہ اوس پنہٕ نوٕ تیز تیز
نَموٕستی یہِ کوٗرِ کوٗرِ أندرٕیم حال وُچھان ، یکدم گٔرِن چھرٕ ستی گوشتا بس لوٕکٹ
بٔڈِ حصہٕ ۔ پرٕتھ کانٛہہ حصہ کھیٚون پنہٕ مرضی ۔ دَم دِی دِی تہٕ زیٚوِ ٹاس کٔڈِ
کٔڈِ ۔ أمی سُند کھنک طٔریقہٕ اوس اکھ اموب طٔریقاہ۔

ہےٕ وٕستاہ تلہٕ سالمہِ یَخنہِ منٛزٕ تراوٕلٔٹ یتھ رَکابہِ پٮ۪ٹھ ۔ موٚٹ پہَن لٔٹ
ژھأرزٕبن ۔ شاباش یہے گٔیہِ لٔٹ یتھ وَنَن ۔ لفظِ لٔٹ بوٗزِتھ پیٚیہ کأشرٕبن اَتھو
منٛزٕ چھرِ کانٛٹہٕ تہٕ ڈٕکٕن پھوٚٹُک گمہٕ۔

ڈٔنٛدی تُج کران کران پھیٚور نأدر ٹاٹھہِ انگریزس کُن ۔ یٔڈ گٔیس
گٕگراے ۔ أمی سُندٕ نبی گرٕبن ہیٚو ڈاکٕر بوٗزِتھ باسیوٚ وسأری زٕ ٹِکھ ژوٗرِ ، سأری پنٕنہِ
پنٕنہِ جایہِ کیاہ تام سوٗنچان۔

نأدِرٕ ٹاٹھن تُل پٔژن باگہِ بوٚرتھ اتھٕ تہٕ انگریزس شانَن پٮ۪ٹھ تھأوِتھ وٕڈ ن
نَس —— آیانا ٹیش ——

☆☆☆☆☆'



☆☆☆

اَکھ وٕ کر بیٚیہِ تر ٕ کر۔ ، کرٕہنی کٹہٕ کال ہٕش ۔ رادہ گز جوراہ ڈایہٕ مرِتہٕ
ہونٛزِتہٕ ٲجی ۔ اَنٛچی وال دٔند گرِتھ ، مگرشیٖنہٕ کھوتہٕ پرٛینٛی ، زنگہٕ آسا کِنہٕ ناگری ٹکی چھِ ،
کوٗٹھو بدلہِ گٹھا گٹھا زن گنٛڈِتھ ، پزٕر گووِی زاٗچھ آسس مس پیالہٕ ہٕشہِ ، فنجانن
سوٗنٛبہٕ ، کم سورمہٕ ٹاری ، ہمیشہِ پوشہِ وٗن سورماہ اوٗسس پانہٕ ذوالجلالی لوگمٕت ، عارٕ
برٛژ چشمہٕ ، تسُند سورے پان گوٚژھ تسنٛزن چشمَن وٕنِدتھ دیٚشن ۔ ییٚلہِ اَچھ
پھران اَس اَدِ اوس نہٕ کینٛہہ تہِ وٕنُن تگان۔ گلہِ زِ ہوٕ اَس گژھان ، تمہٕ چشمہٕ تہِ
اَس نہٕ سیٚو دِ پھران ، گوٚڈ لرِ پان ترٛاوان ، وۄپرَیم وٗچھِ ہن دِپہٕ ہن مویہِ ہا ، مگر
اِسہٕ لاگس اَسی گژا کھوِیدی ، سُہ اوس نہٕ کانٛسہِ ونان زِیہِ ، کتھ کٔنی چھ بازیوان ، جان
اوس کران ، سوٕ اَس نامژرِ کس عالمس منٛز ، اگر کانٛہہ اَنٛزی منٛزی گوٚیوو ، یہِ ماجہ ہٕنٛز
کوٗر اَس نہٕ کم پایہِ کینٛہہ ، سوزانہِ ہے نہٕ ہرگز ووپرَس نکھہٕ تل گژھن ، پنہٕ نِس
دبس اَس خبردار ، البتہٕ خانہٕ ماجر اوٗسس گومٕت ، لوکہ چارٕ پٹھے اَسس ژھوٹہٕ
پتہٕ ژھوٹہٕ پھیرنس ہاٗل روٗزمژ ، گوٚڈٕ پٹھے اگر گنٛڈ روز ہے ہنٛن روزِ ہس ، نتہٕ کیاہ
سارِنے ماجہِ مران مے چھنا موٗمژ ، اِسہٕ لاگُن یہِ خیال چھ غلط زِ اگر موج مرنہٕ پتہٕ
یہِ گنٛڈِتھ تھاوِ ہون ، یہِ برِ ہے ۔ غلطی ہنٛد احساس سپُد نا اِسہٕ لاگس مگر پتہٕ پہٕن ،
ییٚلہِ نا یہِ ڈیٚلی زِ تہِ لتِس منٛڈی اوس ترٛاوان ، مگر بیٚیہ سوٗد ، چھنا انسان سادس

پھوان مگر بعد از خرابی، سہٕ اوس ناپتہٕ وَنان یِژھ بہٕ گنڈ کیاہ زِ تھاوِ یم، مگر یِیلہٕ تمہ

محلہٕ والین ترٛژانہٕ، ____

رمضان آرمَس دستارٕنیٖن اوس اکھ عجیب واقعہٕ، سہٕ اوس تاپس تمہٕ کی

کاچھِن ماٗدانس منٛز رأچھ آسان، نمتہٕ پانٛژ نمتہٕ اوس، اکھ دٕنٛد تہِ اوسُس نہٕ

أسس منٛز، یوہے بٹوٚہَن ہیٚو اوسُس أسِ گومُت، زسموٗ ستی اوس کرٕژاپان،

وٕلِ اوس، تسُنٛد اہرِ اوس سارِنے، اَمہِ دوہہ أسِ تس ماٗدان منٛز تمہٕ کی کاچھِن

رأچھی کران ہِنٛدر پیمٕژ، مستہٕ رۆستے ووٚزج تال أسس تاپس ناپان۔

یِیلہٕ زیادٕ تاپھ لگہِ ہیٚس، تیٚلہِ اوس یہِ ژامنہِ موٗنجہِ دستار جَل جَل کلَس کھاران، مگر

سخ تاپھ آسنہٕ پتہٕ تہِ اوس نہٕ أمی دستار کلَس کھورمُت، ہِنٛدر تہٕ موت، گوٚب ہِنٛدر

أسس پیمٕژ۔ رمضان آرمُن کلہٕ وُچھت آسہِ تس ضوٗر روٗر باسیوٚمُت زِیہِ چھیٚہ

سوو وٕزج نوٚنہٕ گنٛز، وولامےٚ ہالوٚب، ماجہِ ہنٛزِ کورِ گرنس خوٚب لتہٕ موٗنڈاہ، کرٕ وتھہٕ

یتھ وَنوتہِ کوٚرنس، کانٛہہ بنٛداہ تھوونَس نہٕ گنہِ بنٛدس ستی۔ پُشہِ نیٚونس کتھہٕ تام

پأٹھی پتھر پیوٚمُت دستار، سو أسِ پننہِ عادتہٕ کنٛی مجبوٗر، ییٚتہٕ گنہِ ژٕٹاہ پلواہ وُچھ ہے

تتہٕ پکہٕ ناوِ ہے.....

"سو وأژ دوان تہٕ دوران گر، پتے رمضان آرٕمنی نیٚچوی ژومبرِ"

"ہے اِسہٕ لالا ہے، ہے اِسا، ہے بُسا، لحاظہٕ تہٕ گوو پوٚزے مگر یوٚت

لحاظہٕ تہٕ کتہِ کروے أسی، اَمہِ کھوتہٕ کیاہ کرِ ہے، ماٗلس نیٚون دستار، پُشہِ تھوونس

نہٕ کانٛہہ وُستہٕ خاناہ گنہِ وُستہٕ خانس ستی، یہِ یے بلاے کیاہ تام گیہِ، اَمیے محلہٕ تھوٗو

کانٛہہ ناوِ تھ، محلکی شُری تھاوِن زخمی گرِتھ، اگر نہٕ أمس ہہن تھاوکھ، کھِن

مُشراووی، وُچھ اَلگزارتہٕ ماچھس گژھان۔ ییٚمۍ کتھہٕ اَچھ جوراہ کرِتھ، ٹونگرِ ستی اَنۍ بتھ لُہر اَوِتھ زن تہٕ وارِ مٔنز ٹونگرِ ستی میٚژ ٹُچ پھُٹرم۔

اِسہٕ لالہٕ وۄتھکھ عارٕ بٔرتہٕ بتھِ، اِدحض مأفی دِیو، تہٕ تژ اَوِیہ مسلہٕ مےٚ پیٹھ، یہ چھس سبٹھۍ شرمنٛدٕ، مےٚ چھُ پانس احساس۔ مأفی چھُ تناژک اند آسان، ——

''تم کیٛاہ مانہٕ ہنس''

''مأفی وأفی چھنہٕ اَسی کینٛہہ مانان، دراصل چھکھ کمینہٕ ہمسایے ژھانڈان ہمسایہٕ اوٕ ئنۍ زِاکاربکاریہٕ، مگرژ چھک بدٕلے ذاتھا، یہے بِنہٕ مونڈ جہٕ نستاہ کرِتھ۔

''اِسہٕ لالس کھسہِ ناشرارت، تس گوورتہٕ بتھ تہٕ وۄنہٕ نکھ —— ییٚلہٕ نہٕ مأفی مأنیو تیٚلہِ یہ خوش کربو تہٕ کرِو۔ زیادٕ مہ تھاوِو کھوژناوِتھ، کِنہٕ دولتُک دگہٕ دگہٕ چھُو، بلاے آیہ یمن تمأ کی کاچھن تہٕ مرژ وانگنٕ یمو توہِ دولتچہٕ تڑتہٕ ژھنہ ——

ژورَو بایو مٔنز رُدٕ دنہٕ بڈس بأیس کینٛہہ آب وتاب۔ نرِ تھران تھران وۄنہٕ نس وُچھ وُچھ دارِ پیٹھ بہتھ کیٛاہ چھُ ووجر کران۔ تھر تھرٕ کیٛاہ چھبس یمن بأنس کانہ نربن، ——

ہیوٚ مےٚ چھا بأنس کانہ نرِ، ہیولٔٹھ چھوا کرُن، ؤلی وُماری وُ،

لاوی یوٚ دگیہٕ ساوی، تہٕندی لوٕکٹۍ بأے کوٚر اِسہٕ لالس زارٕ پارٕ، بخش حض، اَژحض اند راسہِ چھاژے ستۍ اَگرُن بأگرُن، صرف تھاوتن مہربأنی کرِتھ یہ گنڈ۔

رٲتی راتَس چھُ اِسہٕ لاَلس پھیران، کیٛاہ مےٚ چھانِنہٕ موٗنڈ جہِ نَس، کیٛاہ مےٚ چھابٲنٛس کانہِ نَرِ، یَمَن چھایوٗت مدلوٚ گمُت، ٹھیکہٕ دٲری چھم ہاوان، وُچھ میٛائٝنی مٲنی ہیٚنٛز ماماٗنی یَمو۔ اِدٕ سایادِ پدرتھاووٕ، صُبحس وٕتھِ تھےٚ کیا دُیٹھٕن مَرِٕ جس، سو گٲیہ نستہِ سیٚو دُے دوران دوران رمضان آرٕ مِنس باغس منٛز، یہِ شوٗبہِ ہکھ تہِ کوٚ رنکھ، موٗنجہِ نہٕ گُنہِ، گوگجہِ نہٕ گُنہِ، مرِٕ ژ وانگن یَم ہوٚ کھٕ متیٚ ژورِ روپیہِ سیر اٚسیٚ، تم نہٕ گُنہِ، ژورَن باین گٲیہِ ژور وَتہٕ، ماجہِ نہٕ کسابےٚ گُنہِ۔ پھٕلی ہرٕنٛن ٲلجس وٲوی، احدٕ اوس آب کھاران لَس آیہِ بامبرِ ستیٚ تولہٕ ژرڈٕ ج رَززنگہِ ولنہٕ۔، ــــــ

ٲخرتہٕ رٕٹکھ کوٹمہٕ گٲرِتھ، رٕٹکھ نہٕ رٕٹکھ، تمہِ دُیٛت لَرِ پان دٲرِتھ، ٲلی چہِ زنگہٕ تچھِن، فنجانہٕ أچھ پھرِ بن، أچھر وال ٲسہِ رِکنہٕ تیرِ مژگان۔ لُکھ گٲیہ جمع، رکہو، رکہو موٗیہِ ہاظاہر۔ یہِ گٲمُتیٚو؟ تلا دوٗر روٗزِ و، ــــــ جاے گٲیہِ کُشادٕ گرٕ ھان، کُشادٕ گرٕ ھان، یاشاہ گٲرِتھ کٕڈ اَمہِ سہہٕ سٕندی پٲٹھی گرٕ دَو، سٲری گٲیہِ حٲران ہیٛو دُ چھواکُیٹھ سانٛگ لوگُن ــــ یہِ گٲمُتِزٕ و؟ یہِ ہاگٲیہِ میرٕ ہنٛزگاو۔



# بڈ نمبر سداہ



یَمو مالو ترأوی مےٚ از بێیہٕ شُرکہٕ تہٕ گنڈ، مالے مالہٕ سونہٕ مالہٕ، کھائی مالہٕ تہٕ
مٹر مالہٕ، سونہٕ کنہٕ دۄر تہٕ تِمن ہنز گژھ ایہٕ۔

(سوچھے وُنہِ بونے تہٕ مےٚ ہنز ورنڈ اپٹھے تھپہ دِنہِ)

دُورَن آیہِ تِھھ، مولُل موختہٕ گووپھلہِ پھلہِ، کُن گٔیہِ رَتہٕ دأوی، مےٚ
نالَس تھھ دِنہٕ لاریٛوونہٕ تَس مَلدار گُرتَنہِ نالہٕ ورأے بێیہِ کینہہ، مےٚ کجہِ نێبر تام زٕ
تہٕ ترٕ بہ لانگہٕ،

''ژۄرہا''

شفاخانہٕ منزٕ تہِ اُس نہٕ یہِ آواز کینہہ تہِ یوان، پھربکہٕ ہُتہٕ تہٕ تھانتھرے
ہُتی بأے پلہٕ نووگرٕ وأتتھ یہِ سون بێنہِ۔

سون تہٕ رَتھ وُچھت گٔیہِ سودَم پھُٹ،
دِی مأفی مےٚ ہے کریٛو وچانی موکھہٕ۔

کمن سہ غوطن چھُکھ گومُت، یُتھ نسہ ورنڈ اپٹھہٕ لاینہٕ یِکھ، پتہٕ رٹن نہٕ
کأنسہِ رَٹن اَسہِ ژرَسن۔

''چونٔ''

یہِ کٔڈکھ تھیٹرٕ منزٕ آپریشن گرِتھ اَکھ مُرِی دیاہٕ دِم زنانہٕ۔ خدمتھ گارس ژٕج

ہنکتہٕ منگہٕ اکہِ طرفہٕ ڈائنجی نیر تھ تہٕ چپاتھ کڈِس خوجن۔

کھر ....... کھر اَتہِ پٹھہٕ چھ یور تام اُمی سُند کھمن بوزان، وُنہِ

چھ نہٕ مُشکہٕ تلہٕ پھیر ہِش۔

'نجاتھ'

کوتاہ ہساماز کوٗر ہس۔

ہے مَساہیٚو امہِ بمارِ ہُند ناو! .....

تہٕسُند سنڈلہِ ہندِ ٹِک ٹِکی تہٕ میٚانہِ دِلہٕ کہِ دُب دُبکی رفتارَن ہیٚوت

اتھہٕ واس کرُن۔

''دُب''

''ٹِک''

''دُب''

اَہنی مے کیاہ زِ دِیو نہٕ بتہٕ؟

اُمِس ڈاکٹر صاٗبس کیاہ کوٗر مے؟

تھاٗوِ دِووُنی اصل علاج، زَن نہٕ مے خبر چھےٚ زنگہِ چھُم آپریشن کرُن

اَہنی موجی بھگوانَس کیاہ کوٗر مے، پانہٕ بھگوانَس شُر بن ہٕٹِز گنہٕ ستی

لگہِ ہے اُتی کیاز انہٕ ہے۔

ہتایہٕ متاوَنتہٕ بھگوانَس چھا لگان .....

تمی ہٕندِس گولاٗبی رویس کُن پھِری پھِری نظر دِنہٕ ساریٚو مے بہ شوٗنکھ

پاٹھی پنہٕ نِس بتھس مے اوس از واریاہ ریش سموٗمُت، گونٛشن ہندی وال زیٹھے

ۂتر ......

تِمس آیہِ ئرسہِ الکنہِ تہِ ولنہِ ہبڈ ئرسہِ ہنز کھڑ مےٚ سخ ژکھ ییٚلہِ تمہِ تس شفاخانہِ
کِس باغس کُن ہتھ چیر نالہِ موٚت کوٚر۔

یہ کیا ہورہا ہے؟

یِمَن ئرسَن گیہِ چھلہِ وُگر۔

خبر کائتھَن کرِسسپیٚنڈ، کُری نکھ ......

ببڈ نمبر پنژہِ ٹِک بیمار ہسہَ موٚد۔ تلہِ سہ ڈائنجی أزِو، یہِ تھاوِیوٚن لاش
گرس منز۔

کیٚاز؟

بکواس...

اوہ! ہیرِ کھسان کھسان پھیوٚر أمس کھور، سو کھڑ بییہِ ترٛبن پاوبن۔

مےٚ نزدیکھ وأتتھ ییٚلہِ از مےٚ سو وُچھنس جان پأٹھی وار آیوو، مےٚ
دَریِیہِ نہ أمی ہندِس بتھس پیٹھ نظرٕ ے۔

محمد سُلطان کیٚا سہ أسے مائلِس خبر؟

مےٚ کلییہ زبو۔

یتھ نہ کأنسہِ کُن وُچھک، منڈ چھِ بتھِ .....

غریبَن چھا یِم ڈاکٹر پرِ ژھان...

ہتا پوترا اکہِ لٹہِ مُژرتا أچھ .......

گفہِ کتھاہ چھنہِ ہاپتس ہتی لڑ کرِنی، زانہِ کیاہ ہاپت انسان کیٚاہ گوو

دِژِنس تھپھاہ، کڈنس چپاتھا، گووکانسہِ ہتھاہ ہناوتھ پننۍ خصلتھ ہاوتھ ......

........

ازخبر کیازِ ہیوٗ گس نہٕ بہٕ انٛدرٕ رائٕژتھ، بہٕ رٕوٗدُس کمرٕ نمبرنَوس نیبرٕ کنہِ سو اُس ازبیٚیہِ بیمارس برٕ ونٛٹھہٕ کنہِ کُرسی پیٹھ بِہتھ۔ دٕچھنۍ کھوٕری مَس لٔٹۍ الأنٛدی، کالہٕ شیہمارَن ہنٛدی پاٹھی بُچھنہِ دراٸتی۔ میٲنہِ اُسکھ شیہ لوٗگ دارِ شیشس، سوگیہِ میٲنو نظرو غاب، مےٚ کوٗر بیٚیہِ کُرتہٕ دامنہٕ ستیٚ شیشہِ صاف۔

یہِ بیمار لڑکی اُس اُمس تھی بڈٕ خوش، زَن تَس دِلُک دودٕ بے زانہہ اوس نہٕ۔ ویٚسہِ ہُنٛد اتھہٕ بہ شوٗنکھی پاٹھی وُٹھن گَن ہتھ مونہِ کران؟ خبر کیازِ؟ ......

تُلی گیہِ ڈاکٹر سُنٛد قوصوٗر، ایل ایل بی اوس، کُنۍ مأرلس ماجہِ، گوس نہٕ آپریشن کامیاب اُمۍ ہنٛد اتھہٕ گووواریاہَن یی، کتھ ساکھڈنس نوکری منٛزٕ۔ یہِ گوو تہِ گووتسنٛز جوأنی، ژھوٚٹ بوزاَجل ......

سماوارپھکرٕ وکوٗ رأنٛدرٕ راوٗبرٕ ہیوٗپادٕ، مےٚ گوونظرن ٹھوٗر ......

ہتہٕ سہ۔

ہتہ دیٚدی

ہتا کٹیا

اکہِ اکہِ آلو دی دی دِژامہِ سارنے روٹھہٕ کھٔنٛڈ کھٔنٛڈ ......

وُچھوبسِ کیٛاہ گیہِ، خبرٕ کتِس آسہن روٹھ کرٕنو وُمتھ۔

سکینہِ تہِ چھس نہٕ اورٕ کم پایہ کینٛہہ۔

وُچھی زُوزبتہٕ کیاہ چھ۔

اِدِ گژھہ سہٕ چائنہٕ تہٕ میٲنی پٲٹھی سار بے رَگہٕ ننہٕ دژ امژ آسنہٕ

دوگل ہوی چھس یم اَتھہٕ۔

چاند مِٹہٕ ہَن

دِپان چھس نالہٕ متہٕ رٹہٕ ہَن۔

ہیَے ووشہِ لے یکھ ہے !!!

ژےٚ چھے جادِ کتھہٕ گٲمژ ، بہٕ دپان ڈاکٹرگوٚ ژُھس نہٕ ورنڈ ہَس پٹھ

روٗٹھ بٲگراوٕنس اعتراض کرُن۔

وُچھ کمہٕ کتھہٕ چھکھ کران۔

وُچھی بیٚا کھروٗٹھ تہِ ہے پُھٹہٕ روٗن۔

لچھِ واٲلی، دوٚنوٚنی ہندی مالٕی شیٚری کازِ موٹر ہوٚان تہٕ کنان۔

بختِنٕی کھری !!!

ژ کیا سہٕ کران ییٚتتھ دروازس تل، ژ کونہٕ اندر اَژان، ژےٚ کرِژ لٹہِ

وٕنُے ژ آس سیٚو دُے اندر اَژان، اَژھ۔

یہ کہے؟

یہ نَے چھے ژےٚ خبر!

ناے بےٚ ہے مَرے۔

دوٚنوٚے وبسہٕ آسہٕ اوترٕ کمرس منٛز ژبکلِتھ آمژ ، کتھہٕ آسہٕ اٲمی ہے گرِیسی کُٹ

سنٛزٕ کران۔

انگریز ہیٚو چھ۔

پیٛالہٕ ہشہِ چھَس اُچھ۔

زُوز ہتہٕ کہٕے؟

یہِ چھا گامُک باسان۔

کالجس منٛز پران اوسمت۔

منٛدٕ چھان ہیٛوٚ چھُ وُنہٕ۔

یہِ ہےٚ گوٚژھ سائنس گرس منٛز آسُن، مُلازی ہٕ ہے روز ہے، عاشَ

کرناوٕہَن۔

ییٚلہِ ییٚلہِ یہِ خبرِ آیہِ، تیٚلہِ تیٚلہِ ژھونڈُن۔ اکہِ لٹہِ اَنہٕ نووُن مےٚ اَتھِ

نادِتھ۔

چھُ تہِ نےٚ گامی باسان، اگر یژہٕ خبر گژھےٚنہٕ بوتلہٕ ہیٚکہِ دِتھ۔ کم پوٚنسہٕ

زینیا!۔

ہےٚ کیٛاہ گوٚ ےٚ، کتھہٕ پاٚٹھی چھےٚ ووندٕ یوان۔ یُہوےٚ بچورا ویہِ بوزنہٕ

لوٚ گمُت تاونس مائلس ہتی، اُمی سُندٕ ے مول گوونا واڈس منٛز بڈ نمبر سداہ۔

روومُت ہیٛو۔

پریشان ہےٚ۔

وُچھی وُچھی چھکان تہِ ماچھ ہُمس ڈاکٹرس۔

آخ تُھو۔

ڈاکٹر ژوٚل مِشلِی ترٛ کان ترٛ کان .......

سائنس موقدم ٕسندِ سماوارِ کھوتہٕ چھ یم بڈٕ ی سماوار۔ ترینوٚنی منٛز چھ

چاے

گرہکان۔

ازکیابی گیہِ ظاہر قبوٗلیتھ ،واپس اژان اژان وۄن حسینَن سکینس۔

بسترِ پٮ۪ٹھہِ وُٹھ کمہِ لاوِتھ وۄنُس سکینَن۔

حسینَو چاۓنس پرٚتھ کُنہِ ہِی چھ قبوٗلیتھے قبوٗلیتھ،بختہٕ بڈٕ چھکھ نا۔"

اَہن بی اوٗ ڈنٛج چھ وُسی پہوان، یہِ وۄن تمۍ کُرسی پٮ۪ٹھ بِہان بِہان سنہٕ

ونہِ لَیہ۔ سکینہ نہ لوٗتہِ لوٗتہِ اتھہٕ رٕتھ حسینس ژٕپنٕز ہیٚنہٕ آیہِ حسینہٕ اکہِ عالمہٕ بیٚیس

عالمس۔

تمۍ دوٗ ہِ نوٕ ے دِژمٕ کُن نظر۔

شُرٕتھ

مٕ ہیٚرِ جَل جَل چاے چیٚنۍ۔

انہارَن گرِژ ھ یہِ سکینٕنز لوٕ کٹ بیٚنہِ آسنۍ یوسہٕ زہر موہرِ پیاٗلس منز

کاٗرِتھ دوٗد حسینَس پلہٕ ناوان اُس ......

بیٚاکھ پیالہٕ

سکینے چاۓ دِرٕ ے اگر مٕ چیٚنہٕ یِیہِ ،وُچھی نربن کیاہ تھرِ تھرِ وُژھے،

ژٕے کتی گیٚی ہکبتھ پاٗدِ،توٚپتہٕ چھامٕ مازرٕچ ضوٗ رٕ رتھ۔

ادبی بس یہَن

ٹاٹھیٚن مرُن مے نَے چھے تھٔنز وُچِتھ یِگہٕ یوان۔

ٹھس

رکابہٕ گیہِ کچِھ، بادَم گوٗج وأژمےٚ کھورن تل، ٹُلانہٕ ٹُلا۔

کرِچ

ژوچہِ وٕرِس ژوٗپ کڈنہٕ گیہِ دِگدس تل کٔر۔ دونوٗنی ہنٛز نظرِ پھیرِ مےٚ

گٔن۔

شُرٛتھ۔

میأنِس وٕلی وٕلی چاے چینِس لچِہ ژ بتھ دِتھ وُچھنہِ ......

اٚ کھتھ وٕلی وٕلی چۄان، زَن نہٕ کہنٛز زانہِ۔

اگر أمِس صاف پلوٗ آسن کیٚتھے شوٗبہ؟ ........

مےٚ ووٚتھ تٕژ تٕژ چاے چینہٕ ستی عأرق ژھینٛچِہ، کُرتہٕ دامنہٕ ستی ووتھہٕ رووٗم

ڈبلگ عأرق، یڈ گیم ننگہٕ۔

دونوے ہنٛز اورِ یورژُمچِہ۔

حسینن لۄم کُرسی پتھ مےٚ ببہ شوٗنکھی پأٹھی اَتھہٕ پلہٕ نأوِتھ مستس، آہ

منٛد چھ بُتھِ، سکینہِ بیٚنہ ترٛ اوِ اچھ بون گٔن

رِکھو چھکھ شُر لاگان، تراوسہٕ مس یلہٕ لگبس ہو، یہِ ووٚن بُتھس ووشلن

پھیرتھ سکینن ......

مےٚ آونالس سخ کشُن۔ واریاہن دوہَن ہُنٛد مَل اوٗسُم۔

نوٗ کُرتَس ماسہ گژھی، کیاہ ووٚنے ڈاکٹرن مأژس؟"

"سہٕ ڈاکٹرِ حضِ تَس اَسہِ ناوان، دوٚپُن ٹھیک گژھِ۔

تیلہِ کیاہ سوٗنچُھتھ؟

''مول ......

مائِلس کیاہ چھُے کرُن،تس تہٕ آسکھ نظر دِوان۔

تیلہِ کیاہ نمتھ وُنی موٹرس کبتھ تہٕ تھاوے گرہٲوِتھ۔

بہٕ ووتہٕ لیُوس تہٕ بڈیُوس موٹرس منز۔

بوزسہ خاص کأماہ چھے نہٕ کینْہہ،عائشہ نوکری چھے ......

بَبا گٔھو چھکھ تیلہِ ونان،گرٕ ھانوکری؟

وائے تلامۍ روزٕ ڈکھِ،کمرہاتھوٚ گم،آہ وٕنٛدٕ ے چشمہٕ تٔھے گٔنی،پوترٕ کوتاہ

اِزاہ ووتُے یتھ شفاخانس منز میانہِ سببہٕ،ژٕ تہٕ نٔے آسہٕ ہکھ بہٕ آسہٕ ہا خبر کر

موٚدٕ مُت تلا یپأرٕ یہٕ''

میانہِ گردنہِ منز ژٔ ترٕ اُوتھ تہٕ کلہٕ سپٔنس ستی رٔٹتھ ووٚ دمیأنی مائلی خبر کیازِ ہوٚ

کٔرٕ کٔری۔



# کٔیاہ تام چُھ ڈیشُن



وأنجہِ منز تھاوِنۍ لایق، شٕہج کُج ،شُترن ہُنٛد ناوچُھس پٕنز ،وَن زنانہٕ ،بێیہِ تہٕ کٔیاہ کٔیاہ

بہٕ اوُسس گنٛدرَس تل ،شامہٕ ژھایَن گٔیہِ مُشکِ ژھٹان پأدٕ ، یژھ خوشبو زِبہٕ گوس موٚت ۔ ہێرِ پٹھہٕ بوٗن تام وٕزجۍ نارٕ تِکھ ۔اَدٕ رٕوٗدُم نہٕ پأنَس تام۔

ژٕ ێ کٔیا زِدِٕژتھ مےٚ تھپ؟

پأنَس تام رٕوٗدُم نہٕ۔

تَمہِ ترٛوُم آیستانَس زورٕ ٹاس، بہٕ گوس سبٹھاہ بوٗن وٕسِتھ، خبر کوٚت ووٗتُس۔

یِمہٕ کمہٕ؟

میٔانہِ کورِ

یِمہٕ کٔیازِ دوٕڑنہ نبے ۂلۍ گنٛڈۍ گٔنڈی لبل کران

میٔون حال وُچِھتھ ــــ آ۔ بہٕ چھس یێمہِ مُلکچ مأ لِکھ ،بلکہِ چُھ دٕوٕ یمن لفظَن منز مُلک میٔونُے ناو۔

شور ووٗتھ۔تَل پاتالہٕ کِنۍ خزانَن آوٕ ٹھان ٹُلنہٕ۔ تَس ورأے لجہِ پننہِ

پننہِ اَنٛد سارِنے ہیٚز نظر خزانَن کُن تہٕ بہ اوٚسُس بڑ وٚنٛھے تنبہٕ لیوٚمُت۔

سُسرِ تہٕ گُسرِلجہِ، عجیب آوازٕ۔

زٕنجیرَن ہُنٛد شرٕ ونی بونہٕ ہیٚوت نارزٕھتٕن۔

تَس کھوٚت کلَس تاج، تاجَس منٛز باگ مُلکُک ناو، لِباس بدلیٚو، نیم عُریان ییٚمہِ اَنٛدٕ چوغہٕ پوٚش، ہُمہِ اَنٛدٕ کھوٚش وٕرٕ دستار گنٛڈٕی گنٛڈی کرتلہٕ ہتھ محأفظ، منٛز باگ ذٕچھنہِ ورٕ دَستار گنٛڈٕی گنٛڈی سونہٕ گوٚبَر جماعتھاہ، ناستہِ ڈبہٕ ہنا___،___

ڈَبہٕ ہنابڑ وٚنٛھہٕ کنہٕ۔

مےٚ رِکرٕ آیہٕ کُرسی اَنہٕ، بہٕ بیٚوٚٹھُس تہٕ کُرسی گَیہٕ وٕستھ، بہٕ گوس بنٛد، پرٕ ہتھ طرفہٕ اُسن، مےٚ چھنہٕ کُرسی منٛز کانٛہہ اَکھا کھالان۔

وُچھان وُچھان گَیہِ نیم عُریان۔ تاج پوٚش زنانہٕ گلوب ہٕتھ، گلوبَن ہیٚوت نژُن۔ تمی تام لایہِ گلوبَس گُلیلہِ ستی پوٚتُس پتھ کنہِ۔ گلوبہٕ پٕٹھہٕ رِکس تتھ ناوَس، یُس تاجہِ رِکس ناوَس ہیٚو وٕے اوس لوٚگ اڑٕ پھیشِ۔ زورٕ زارٕ۔ دراس بہٕ واریاہ کالٕی کُرسی منٛزٕ، تھٕری کوٚنٛڈ اوسُم زٕلنہٕ آمُت۔

مُژٕ راوأچھ۔ یہِ اوس بُزرگہٕ سُنٛد حُکم۔

نوٗرأنی بُزرگ اوس عأرقھے عأرق گوٚمُت۔

تژٕ اوکھورَن تھپ یلہٕ۔

نہ بہٕ کوٚت تژٕ اوٕے۔

کربیٚہہِ اَچھ بنٛد۔

ژٕمی دٕیٚت پھوکھ تہٕ بہٕ وٚوتُس خبر کوٚت، نبہٕ مومہ نیٚوس۔

بۄیہِ تۄتھی گُنڈرس تل۔

کیٛاہ چھےٚ وَنان؟

دَپان چھم یِم پوٚتھر ہےٚ مےٚ مأری تھکھ بۄ کوٚت ژٕ اوَتھ۔

میٛـنۍ نَمیٖہِ کأر۔

دَپُس کیٛاہ گرِژھی؟

دَپان زُوَس زُو۔

دَپُس حأضِر سَپد۔

گُنۍ بُنلِ یَتھ گیہِ۔

واریاہَن کھۄژ فیٖنہٕ، واریاہ موٚدی۔

جاناوارو ژُل ہےٚ۔

یپأری ژایِہ پھیٛانگان پھیٛانگان، رَتہٕ پراژ بُرِتھ بیٛأر۔

نۆرأنی بُزرگن گٔنڈ اَسمانَس کُن نظر۔

ہَناہ آو قرار۔

خدایِہ سنٛدِ ٹاٹھِ، مےٚ چھُ اَز گوڈنچہِ لٹہِ یَتھ بارگاہِ منٛز حأضِر سَپدنُک شرف آمُت بخشنہٕ، مےٚ چھُ تُہنٛد احترام، یُتھنہٕ یتھ میأنِس حُسن و جمالَس کُن گرِژھو، یہِ چھِ ظأہِر دأری، یوٚ دوَے کمَن کمَن شہن ءقمت چھُ پیٛوٚمُت دُیٛن مگر ہَنہِ ہَنہِ گوومےٚ زَزُراَژان۔مےٚ چھُ دۄیُم ناوسۆن وۄگُن، میٛون شُہل سایہِ گوو لَتہٕ مونجہِ، بہٕ بنیَس نأری، مےٚ ہیُوٚتُن جأرِس پٔتھ واتُن، یہِ رَتہٕ پژ اژَل بیٛأر کڈیُوٚن بیٛتہِ، خبر کوٚ ہوٚنٛد موصوٗم بَچہِ چھُن ژٕوپمُت، یمَن ڈٕ پو دۄررۆزُن، یُتھنہٕ

دَزَن۔

تیمی ترٲونامۍ پٔنُن اَستھ ہَلہِ شرٛاکھ۔ شُربن نیہِ ہم اَتھہٕ منٛزٕ ٹنگ تہٕ ترٛیلہٕ، تِمن اوس تمہِ نِہٕ منٛز زُو۔ بۄ زِ وحضرت تِھنٛزٕ کرٛ بکہٕ۔ سر ترٛ اٰوِ ومراقبس۔ دٕپان اُسی چھ بیٚتہِ آدمس کھوژان۔ اَمہِ کتھہِ پھٔٹم ناوٲنج، پارٕ پارٕ گرٛھسم نا؟

بیٲرِ ترٛ اٰودارِ کنٛی ووٹھ، ژٕرِ پچن ہُنٛد چی گووٹرِتھ۔

ییٲرٕ ژٲیہِ اَکھ خۄبصوٗرتھ میم تہٕ صَحب اَکھ اَکس ڈٕلِی زِتہِ نالہٕ متہٕ رٹِتھ، میم پیران تہٕ گیٚران، چشمَن خُمار، سینہٕ نوٗنُے، صحب میمہِ وُٹھن موٗنہٕ کران، پتہٕ پتہٕ کینٛہہ کاشری۔ یم ہیتھ کوٗرِ تمۄ سٔجدٕ ے تعظیم۔ بُزرگس گٔن تھلہِ تھلہِ وُچھتھ ژٕج میمہِ کرٕ بکھ نیرِتھ I love the Saint۔

یہِ کیاہ وَنان بُزرگن پرُژھ۔؟

جوانٔ آلوِ یکبار میمہِ نَرِ زٕ۔

استغفراللہ، استغفراللہ، یہِ اوس بُزرگ تہٕ بیٚیہِ تہِ واریاہ۔

''چھوٗ ھٕ وُچھان۔''

''یہِ وۄن تمی تیمی سنٛد بن شُربن ٹنگ تہٕ ترٛیلہٕ اَمی تھپہٕ اُسی ٹمتی۔''

''چون وَنُن چھ پۄ ز کٔڈیوٗن بیٚتہِ، کیاہ چھوٗ وُچھان۔''

میم آیہِ بُزرگس نکھہٕ تہٕ سفید ریشس کرِنس موٗنہٕ۔

صحب لوٗگس کھوٗرَن موٗٹھ دِنہٕ۔

بُزرگن پھرِ اُچھ ہیوٗرگٔن۔

غاٲبی شور گوو، ساری تھہرِیے، میم کھرٕ دارِ پٹھ۔

کوسہٕ میم ،یہٕ وۄن اٚ کر

خدایَن پانہٕ اتھہٕ ڈولمُت ،یہٕ وۄن بیٚ ،دِلَس پیٹھ اَتھہٕ تھاوِتھ۔

''ہے یمَن تہِ چھا تصرُف گڑھان''؟

''مےٚ چھُنہٕ بہان''۔

کاٗتیاہ چاٗرِ چھِ یِم عالمَس زانان۔

تیلہِ کیاہ چھُ اَمِس۔

دپان نِشاطہٕ چھُس گوٚمُت۔

''تاجب چھُنہٕ یتہِ چھُ زیادٕ تصرُفے''۔

بیاٚرژایہِ چوٗنٹھ ووتھراوِتھ،وَدِونہِ ہٹہِ پھیانگان۔

سارِوے تُجہِ اَکھاٚ رکس کُن سوالیہ نظرٕ۔

کوٗنَس منٛز بہتھ زَرَ بُجہِ وۄن خوفزدٕ آوازِ منٛز۔ ''خاٗلی ازمانے چھُنہٕ، کیاہ

تام چھُ ڈیشُن۔



# ناستہِ ڈَبہ



اَڈبن طمع تہٕ اُڈی آمتی ننہٕ تہٕ کھبنہٕ ، یِیلہِ مےٚ گُری سوٲری کرنے اٲس ،
تیٚلہِ اوسُس بہٕ ٹٲٹھ وٲلی گربن ژھاین تہٕ گراین وُچھان تہٕ خُدایس منگان زِ گژھِ
ناگُری وٲلِس زولہِ ، بہٕ یمہٕ ہاگُری سوٲریاہ کُرتھ ، یِیلہِ اِتھ دَم تھزِ گری نہٕ پرٕژھنے
کرنے کُنہِ لحاظہٕ ورٲے یاشاہ کُرتھ مَلہٕ کھاہ ، کس پرِس پیٹھ بُرتھ دُیتُس ، کربھ
ژٕجم نیرتھ "موجاٲے" دپے کوٗرمَس کینٛہہ ۔ اُتی کیاوُ نُم کاش بہٕ آسہٕ ہانہٕ گرِس
کھوٗت مُتے ، یمَن لرِ کانبن ماگژھِ ہم کرٕ وپُس ، اِد کیاہ توٗ رُم فکرِ زِ کانٛہہ آش پوٚر
گژھِ نس ستی ستی چھِ شانہٕ تہِ گوبان ۔

یِیلہِ مےٚ چھپر لٲجس ، سوزتم روپہٕ تہٕ سونہٕ ستٕزسیرِ ، اُکس دوستس آو
نہٕ مےٚ ورٲے بیٚیہ کانٛہہ امانت دار بوزنہٕ ، تمی کوٗر مےٚ کینژٕ کالہٕ خاطرٕ مالُئین ژٕجہِ
مرٕ آشنہِ ہُنٛد سونہ وَس دَجہِ گنٛڈِتھ حوالہٕ ، دوہے بہٕ اُزکھ پرماوو ڈکوٹیٹل شوٗنگان
تہٕ ووتھان اکھ ۔ مگر امہِ دوہہ چھس بہٕ راتس پٔشن تہٕ ژٕرن ووہ وُہو کران ، حالانکہِ
بہٕ اوس نہٕ پٔش وخے نہ ژٕر موتے ، دوٚیم راتھ آیہٕ تہٕ یژھے درایہِ ، دوہلہِ ہنٛدرِ
ٹھولہٕ ___ افسرو ژھُم ___

دراصل زیادٕ غریبہ سےٚ خُدایس پیٹھ یژھ پژھ ، دُعایہِ خارٲسی زِ
کران ، سُلہِ اگر نیرُن آسی آسان ، نیرن گژھِ ___ اُمی افسرن اوس ہیڈ

کلاّرکس تہٕ وۄنۍمت۔

ہے اُمس کیاہ سہ ووزجہِ نارہشہِ اُچھ آسان، باسان چھم یہِ گڑھِ تھدِ پائیک عابد آسُن، پٔنٕن پٔنٕن باسُن۔

کیاہ ونہٕ ہس ووزجہِ اُچھ کیازِ چھم آسان، تہِ ماوٕنس راتس ہے اُچھ پٔٹھ اُچھ چھم گژھان، اُتی چھم خابٕ یِوان زیچھِ زیچھِ گونژِہ گٔرتھ، تھوٗ دتھوٗ دوالو کچھِ لاگِتھ، سیاہ تنہٕ ہیرِ پٔٹھہٕ بون تام تیل مۄتھِتھ، ژھِنس اتھس چھُری تہٕ کھوفرِس سمبل، مےٚ کُن چھُرِ ستۍ اشارٕ کران، زِ یتھنہٕ کرِتھ کرکھ، یہِ ماجہِ ہنٛد گوٚبرُ سمبلہِ ٹاسہٕ صنٛدوٗقس چونگرُ نوان گٔرتھ، تہٕ کمہِ اطمنانہٕ سان میأنس دوستہٕ سُنٛد یہِ امانت سونہٕ وَس، گوٚبرٕ مالۍ ہنٛدِ وأتی متہٕ گہنہٕ پاتک پٔاٹھی پسنٛد گٔرِتھ میأنۍ سے بیگس بٔرِتھ نوان، بہٕ یہِ سوٗرے یمِوٕ چشمو وُچھان یکدم میأنہِ یڈ بڑِ گگرایہِ گژھان تہٕ ژھوٗرس ٹھہہ ٹھہہ کران اُسن نیرِتھ ژلان، موختہٕ ہوۍ دنٛدٕنۍ نیران، اُتی مےٚ گُن پھیرِتھ ونان——

بُز دِل——

بہٕ دیان خُدایہِ کڈہن نایہِ سٔیو دسٔیو د، اَدٕ یہِ دِوان زورٕ ترُرنگ ترُنگ بیا کھراتھ آیہِ تہٕ یہے بےقرٲری، اُچھ تالوٗس گُن، تالوٗ پچِن منٛز دٕو دٕو، چھوٗل چھوٗل، گگرتہٕ کھرینٛژ، گراہ ملہٕ کھچھِ شالہٕ ٹُنگہٕ تہٕ بہٕ یمن ستۍ وُدٲسی ہُنٛد بٲتھ گوان——

سون گیہِ بڈ کتھ، یتہٕ اگر کوٗ کرِ ملۍ ہمبون، فکر روزِ لاش ماپیٚیس، خبر پھل اوسنہٕ کھیومُت، خبر لُکہٕ ہنزِ وارِ منٛز ماگیہِ، یا لُکہٕ ہنٛدِس مرِس منٛز ماترِوُن ٹھوٗل، ووٚنۍ ییلہِ اِنسان مٔتہِ آسہِ تیلہِ؟.....

اَنہارِ پانہٕ اوُسس سونٛچان زِ زنانہٕ ہِندِ ستیٚ چھےٚ زِندگی جان بنان، غلط

تہٕ کیاہ اوُسس سونٛچان زِ آشنیٚ اَنیہٕ، تہٕ توملہٕ پاواہ تراویہٕ ہُریمانہٕ، تہٕ چل

خلاص، یِیلہٕ زِیادَے کھوان آسہٕ، ڈوڈِ پاوِستیٚ گرٕشہٕ نس گرمہٕ ـــــ رہتہٕ کالہٕ گیس

پاٗژھی ہناتہٕ پوٗ ژِہنا، وَندَس مُنٛل تہٕ توشِتل ربڑی بوٗٹ، ـــــ یوٗ تام ہنا ہنا گیہٕ

ہُران تہٕ گوڈٕنکی دوہ گیہٕ سوران، ووٚنی اوس مےٚ پنٛنٕ پان کجابَس تل یوٗ ہے پوٗتی

کوٗکرہیوٗ باسان، تہٕ مےٚ پکھن تل گڈُ، گڈُی تہٕ ٹیڈی ـــــ مےٚ گنیہٕ یِہنٛز تیژاہ

مائے زِ اگر یِمن تیژ آسہٕ ہے مےٚ اوس یِمن بزٕ ونٛتھ پتھ کھسان، گڈُ، گڈُی، تہٕ

ٹیڈی اَسی باغہٕ کِہن جانورن ہِندی پاٗٹھی بولان، مگر باغہٕ کِہن جانورن تہٕ نےٚ ییٚڈ

پیٚیہٕ تِمن تہٕ گرٕشہٕ بولتی بنٛد۔

یِم یِم جان جان چیز، مسالہٕ خاطرٕ مکایہٕ لایہٕ، مونٛجہٕ گوٗلی چوٗر بازرٕ

اوُسس وچھان، ووٚٹی اوُسس یِمن ہتھ یِوان، ووٚنی کتہٕ زانہٕ ہابہٕ تیٚلکی پاٗٹھی

وَتہٕ پکان پوراٹہٕ کھینہٕ، یِمن منٛز وأتتھ اوُسم دُہک تھکُن ژلان، مگر یِیمہٕ

ساعتہٕ گڈُی اَسم ونان

ابا واہ واہ پھِرِن نہٕ کہنی۔ أتی کیاہ اَسم دُنیاہس اَٹم تہٕ ہیڈروجن بم

پہوان باسان، پیاٗری نےٚ ٹِڈی بیٚہ شوٗنکی پاٗٹھی گونٛژِہ لمان آسہم، بہٕ ماژھنہٕ ہا

کولہٕ ووٚتھ۔

گڈُ، گڈُی تہٕ ٹیڈی گیہٕ مٔنا، بٹوتہٕ پیاری بارسس ینہٕ ستیٚ مشِدٕ ے

ہوٚے، ووٚنی اَسی لبہٕ تہٕ مونہٕ تام اما، ممی ڈیڈی۔ پاپا، ٹاٹا، آپا فلک شِگاف نعرٕ دِتھ اَسہٕ

دوٚن باٗژن یاد کران۔ یوٗ ہے اوس سُہ وَق یِیلہٕ مےٚ پنٛنٕ پان خانٛدٕ پاگلاہ ہیوٗ اوس

باسان، تہٕ مے پتہٕ پتہٕ آواز گڑھان۔

اما، ممی ڈیڈی

پاپا، ٹاٹا، آپا

یِمن آوازن پتہٕ کنہِ زن آشنہِ ہُنٛد زہر بٕرِتھ اسن کھنٛگالہٕ، مے اوس فکرِ ترٕتھ زِ یہ زہرٕ برِتھ اَسن کھنٛگالہٕ اوس نہٕ خاںٔلی از معنی۔ ٹٔلی کہِ مے زنانہٕ یاد پاوان زِ وَنیو مے نا___ متہٕ بن تہٕ جاہل۔

کُجا تیٚلِچ آشیٚنٛز تہٕ اَز یک مجرد آرٹ، انسان صوٗرتھاتہِ لبنہٕ یِوان، مگر نرِ زنگہٕ ہوارِنگہِ ستۍ الان۔ شہہ لِتاہٕ لِتا کھسان مگر امہِ زوٗتہٕ بتہٕ سُیٚن رنان، مسواک ہِش ہیٚرِ بونہٕ مگر دُ دَرٕ آبہٕ ملرِ تہِ انان تہٕ گاںٔ گاںٔ کران پنٛدرکتان، ہرُ دلگہٕ متوٕ اتھو لوان تہٕ ڈوان، اَتہٕ تھے کیاہ اوٗسس بہٕ لاجواب گڑھان، دپان اوٗسس خُدایہِ یہِ ژیہٕ تگی تہٕ کس تگہِ ژھک پزی پاٗٹھی ٹھوٗلس شاہ دِوان، تابہٕ حالے یہِ انسان چھیہٕ۔

اِنٛہہ طماہ رؤدُم زانٛہہ اَنہٕ ہکھ ٹھوٗلہٕ درجناہ یِمن شرٕ بن گیٛت۔ زوٗمبرٕ گٔرِتھ دِمہٕ ہکھ، کمہٕ ٹیٹھ وَن کو کرِلوٗکن آسان تہٕ کم وتھرن ہوی کو کر، بہٕ چھس دپان ژٕ کر بنکھ بہلہِ پایہ۔ تلاوتھ ازان پاچہِ ژاکھا ___ ہاں۔

بوزان چھس گوٗش کیا زِ لاگہ ___ کر ___ کر آسان ہٕسی تِس۔

یٔیلہِ نہٕ بہان چھے تیٚلہٕ گو وجان بہٕ مُشدِ منز قسم کرٕناوٗن، لوکٹ کیا زِ باسیم پٔنن پان، کانٛہہ کانٛسہِ ڈٔلی زِ شنن شُر بن ہنٛد مول، خدالاسہٕ ناوٗی نکھ، اگر یِمن دون وقتن ہِہ ہاک پٔیہ، وارٕ کارٕ کرن محلس لار، شُری لٲزی کیاہ چھس کران، بُڈی بہ

ۂنڈِ عُہدٕ خاطرٕ میلیم جلدٕ ے ترقی، گوسے تہٕ گوس بڈٕ بڈٕی ببہٕ ۂنڈِس عُہدَس پٹھ پنشن۔ نتے تمہِ کھوتہٕ رُت اوس، تیلہِ چھُس بفضلِ خدابہٕ تہِ ڈوکرڈوکر دِوان تہٕ ژٕتہِ وُچھوکۄت واتکھ۔

إنہہ تراویم وژن ___ تیلہِ انہٕ کھاپھرِ پاوکھنڈ، دپان زومبہٕ پھرِ چھیٚہ بڈٕ طاقتی آسان۔ یہِ وۄن مےٚ اَسن لِلہٕ کران آشنہِ، مگر یہ پارٕی گوشور

پوٗنسا، پوٗنسا، پوٗنسا، دِتکھ دوہے زنگہِ پٹھ پانژھ پانژھ پوٗنسہٕ، بوزتہٕ وٗری یَس کۄت ووت، توبہ، دَمبالہِ ۂتی اوٗن یمُو تالووآلتھ، اگر دمبالہِ ہُند یوہے رفتار روٗد، انتہٕ کلی پچہٕ، گنڈتہٕ چھانَس گلی، یےٚ چیز کیاہ واتہٕ ناوَن مےٚ زچہٕ ژٹنس مےٚ اوس ووٗنی باسان ___ پٹن پان ناستہِ ڈبس منز بند۔ تہٕ ناستہِ دٕہنہِ ۂتی مےٚ پوٗنڈٕ تہٕ پوٗنڈٕ پیوان، گُنہِ گُنے ناستہِ ڈبس ٹھان ووتھِ ہے۔ اُتی کیاہ اوُسُس کمرس تھپھ گرِتھ ونان۔

پانہٕ کیاہ گوٚے، انہورُے آسہٕ ہکھ۔



# ییٚلہٕ بَر بنٛد گوو



ییٚتہٕ نوٗرنہِ گیوٗنک اثر نجوٗمی ہِنٛد بن مُریدَن اوس گوٚمُت۔ تتہِ أسی تم نجوٗمی ہِنٛزِ سنگ دِلی پیٹھ تَس سَخ بیزار، یُس نہٕ نوٗرَس پٔز اَپٔز کانٛہہ جواب اوس دِوان۔ نوٗرٕ اوس بأتَن بأتنے منٛز نجوٗمَس پنٕن دِل باوان تہٕ پننہِ زندگی ہنٛدِس ئٕنس وٕگنِس پھیوٗر دِوان۔ نٔنٛدِ بانٛہن چیزن ہنٛز ذکر کرٕنَس ستی ستی پننہِ مأری منٛدِ اندازٕ تہٕ مٔد رِلَیہِ یِمَن چیزن زیادَے حُسن بخشان، معشوقہٕ ہنٛدِس نستہٕ خنجرَس تہٕ بُمہٕ ونجرَس، زُلفِ خَمن تہٕ چشمِ بادَمن ہُنٛد نقشہِ نجوٗمَس برٕ ونٛٹھٕ کنہِ تھاوان۔ معشوقہٕ ہنٛدِس رُمَس رُمَس تأریف کرنہٕ پتہٕ اوس نوٗرٕ بییہِ اَتھہٕ ووج دِوان۔

ہانجوٗ میوٗ ژھتہٕ میأنٛی راش تَے۔

یُتھُے نوٗرَن سازٕ پیٹھہٕ اَتھہٕ تھوٚد تُل، نجوٗمی زَن گو وٕنٛدرِ بیدار، نالہٕ منٛزٕ تُلُن کلہٕ تھوٚد، روٗحَن اوٗسُس وُشجار پھیوٗر مُت، کمہِ تام عالمہٕ آو ییتھ عالمَس، نوٗرنوٗ بأتوَ ستی أسی تَس زخمَن کرٕ ألی وٕتھی متی، تمی اوس ناکرتام نوٗرَس وٕنمُت اَمی عشقِ مجأزی پیٹھہٕ چُھ عٔشقِ حقیقی تہِ ووتلان۔ نوٗرٕ اوس تَنہٕ پیٹھہٕ پیرٕ سُنٛد یہِ سرٕ للہٕ وان۔

نجوٗمی ترٕ ووکھوٚژُن ہیوٗ، مدأے گنٛڈٕن نوٗرَس زَن تہٕ برارِ کوترَس، ڈبکہٕ چین رٕکھَن چیر دِی دِی اوٗنہٕ نَس ڈبکہٕ گہہ۔ ڈبکہٕ ترٕ وونَس اَتھہٕ روٗٹٕنَس نَمن تہٕ

ٹینڈ بن ژبل دُیتہٕ نَس ۔ اوٚنگجہِ برٚبن نظراہ تہٕ اَتھہِ رِکھن مینہٕ تولاہ گرِتھ ووٚنہٕ نَس ۔

ژٚے ہبا چھے راشومنٛز بٔڈ راش '' سِہم راش '' بڈٚبن بڈٚبن راجن تہٕ مہراجن ہبا یہَے راش آسان ، ژٚہبا گوٚ ژٚھکھ بہلہِ پایہِ آسُن ، مگر پادَن ہنٛز چھنا فرق ۔ ژٚے کیٛاہ تَری فکرِ ، گر بہٕ ژار ہبا چھے جلدٕ ے چانہِ راشہٕ ــــ تلابزٕ وٚنٛتھ پٔکھ ۔ کیٛاہ چُھک کران ۔ دٔچھنہِ اَتھہِ رَٹھ ۔ یہِ چُھنہٕ سارنگ وانٛنۍ ــــ نوٚرَس وہرٕ ے یہِ اَتھہِ ، تہٕ آلٕ ے رَملکۍ پھٔلۍ ژٔلِس اَتھہٕ منٛز نیرِتھ پٔچہِ پٔٹھ ۔

نجوٗمی گوٚ وآلٕ ے رَملہٕ کِہن نِشانَن کاغذس پٔٹھ کھاران تہٕ ساسہٕ واد ے گرٚہنٛد خانَن منٛز لیکھان ۔ نوٚر اوس باسان کرٚہنٛزٕ ے یوت اَتبتھ تہٕ روٗح خبر کتہٕ ۔

ہتا اَکھ اَکھ سارنہِ ضرب چُھم وانٛجہِ تٔرِتھ گژھان ، چون ساز چُھ سٔنتھ گژھان ۔ یٮ۪لہِ اوترٕ ووٚنتھ ۔ عِشق چھے ناوِ والان سیٚدٕ بن تہٕ سادَن ، مسافر ناو پاوان شاہزادَن ۔ اِدرٕ وٗ دُم نہٕ پانٛس تام کوتاہ ووٚ دُم ۔

چانہِ بزٕ وٚنٛتھہِ کنہِ آسنہٕ زَن مے یتھ سازَس تہٕ کٔجرٕ ژلان ۔ اَتھِ چُھم تیز ووتھان ، سُر تال کیٛاہ زانکھ ژٕ تِہٕ چُھم اَتھِ یوانِ ۔ حلیمہٕ دوہے ووٚلِ مے یہِ ساز لوٚکن ہنٛزٕ مرضی پٔٹھ مگر ژٚے تھی پنٕنہِ مرضی ۔ دِل چُھم ونان وا ے یوٗ تاہ ہبکِکھ ، خبر یہِ کیٛاہ ؟

حلیمَن ترٕ وومنٛدٕ چھتھ کلہٕ دآوی نالَس منٛز ۔

حلیمو یہِ ساز نوٚ ہے ، دِل یٮ۪لہِ خوش آسہِ ہے ، نٔوۍ نٔوۍ طرز ہبکہٕ ہَن یتھ سازَس پٔٹھ نیرِتھ ، تتھ طرزِ سآری کرٕہَن واہ واہ ــــ مگر ــــ

## مگر کیاہ

اَکھ اَکھ نیاے چُھ موکہٕ لان تہٕ بیاکھ بیاکھ چُھ ووتلان، اوٚ تام اُسی دپان لڑکہٕ چُھنہٕ زینان، تتھ کرٚیو خدایَن سہل۔ کارخانَس منٛز چھ مےٚ ساأری یَژتھ کران۔ موٚزوٗر بأے الکنہٕ تہٕ وَلنہٕ یوان۔ غریبَن پٕزی پاأٹھی بدلٕے دلاہ آسان۔ نتہٕ گوو اأنجہِ موٚنڈ، خوش کاأتیاہ چھِ تم موٚزوٗر گژھان، ییلہِ کاأم کران کران باأتھا چُھسکھ وَنان، میانہِ آوازِ ستی چھِ پننی آواز مِلہٕ ناوان، گربہٕ چھُ ووتھان، اوٚند پوٚکھ چُھ میٹھان، فکرِ چُھنہٕ تران وخ کوٚت ووت۔ اوترِ چھ کارخانَس منٛز گبوان ژتہٕ جیہہ گزکپُر زیادٕ وونہٕ آمُت۔

یہِ بوزان بوزان ترٛوو حلیمَن زیوٚٹھ ووشاہ تہٕ وٛونہٕ نَس، یتُھنہٕ ژےٚ تتھَے گژھی یِم دپان اَسہِ گژھ زچہِ ژٕٹ آسٕنی۔ اَسہِ پیٚین زاتھ مُلی ہنہٕ خاأطرٕ دارَس کھسُن۔ اَسیٚے اُشناو پاموٚ ستی گدی کرن، خرَس کھارَن، دَپن زامتُر چھکھ گبوان، گبوَن وول ہسہِ گبوِن وول، مےٚ چُھ یمہٕ کتھہٕ بوٗزِتھ بدلٕے حالاہ گژھان۔ الکہٕ موٚرِ ہنزٕ نٹھ چھم اَژان۔

کیٛاہ وَنہٕ بہٕ۔ دَپان کموٚ کموٚ ساألکو چُھ گبوُن بوٗزمُت۔ کم کم بُزرگ گبوَن واألی گُزرےٚ متی۔ شوقہٕ واألی اُسی متی۔ پیشہِ اوسُکھ نہٕ، صرف شوق۔ تمَن کیُتھ گوو گبوُن آبِ حیات، یمو قدرتہٕ شوژاأی تھاأوِس، تہِ زانَن تمےٚ یمَن پارٕ پارٕے جگر گوو، یمَن سٕنتھ گوو۔ چون مول موج ژھانڈِبس خاندان تہٕ خانداأنی۔ زَن بہٕ ژوٗرِ تہٕ تھپل چُھس، زَن نہٕ بہٕ اِنسان ئٕلی کہِ تہٕندی کنی ون ذاتھ چُھس۔ ہے ہے کر سمجھَن، خانداأنی کیٛاہ گوو، خانداأنی گوو یِم پننہِ محنتہٕ

ستی، پاک محنتہٕ ستی حلالکی آنہٕ ژورزینن ۔ ژتہِ وَن کینژھا۔

اگرزَن میانہِ خاطرِ یہِ گوٗن ترٛ او کھ۔

پیرَن دِژ نوٗرس زِیرتہٕ خنٛدٕ گرِتھ وۄننَس کتھ ساسمندرس اوسکھ بوڑتھ گوٚمُت۔

کہیں نحض، کہیں نحض

رٹھ یتھ گوو پاک تہٕ صاف ستھر ولُن، کورٕ ژاۓ نگِس شوٚدگوٚ ترٛاۓ وِتھ تتھ منٛز زالُن، یہِ گرِشہ آتھوارِ ہُنٛد شام آسُن ۔ تسنٛد مول تہٕ موج ساری گرِشھن نظرن تل اٮٟنٛ، یہِ کیاہ چھے، تھوٚد تُل یتھ گرِشھن بیٚیہِ دَہ روپیہِ آسنہِ، یمہٕ چھنہٕ مےٚ پانٛس کھیٚنہِ کینہہ، میانہِ ہارٕ چھے وُنہِ باقی۔ ژیٚہ اگر خبر گرِشھی کوتاہ گرہہ ژار چھے وُنی کنٛنس، ژادرٕ کِنتھ کرکھ نیاز، او، ہُم ستھ چیز تھاۓ وی تھہٕ یاد؟۔

اَہن حض یادِ چھم۔

کیاہ کیاہ؟

تومُل، رزمہہَ، وارِ مُٹھ، وُشکہٕ، کٕنکھ، مکاۓ تہٕ خشخاش ستھ ستھ

پاوٕ ـــــ

یم ساری چیز مِلہٕ ناۓ وِتھ چھ یمن ترٛ بن شبن پرُن، پتہٕ ژوٗری مہِ دوہہ علی الصباح محامہٕ ہیٚو بناۓ وِتھ خاراتھ کرُن۔ ژھاوِلی کلہٕ ہیر گرِشہ ضوٚ روٗ رآسنٛ، زارِ پارٕچ چھنہٕ ضوٚ روٗ رتھ، دۄپےٚ ناکھو رمہٕ رٹھ،

نوٗرس پتہٕ ہیٚوت نجومی بیٚیس اَکس مُرِیدس اَتھہٕ وُچھن،

پیرٕ ژووَنٛدے اَتھہٕ حض چھے نارِ کھل ہیٚو، خبر یہِ کیاہ ڈٕلی زِ، رویس حض

کھوٚتے وۄشلُن۔

نجوٗمی پیٚوۄدبہٕ لرِ پنٛدٕ ہَن دوٚہَن ،نجوٗمس اگراَتھ منز کانٛہہ اَکاربکارآو سُہ اوس شعبانہٕ، گرا ڈاکٹرَس ، گرا دوٚہَس ، بوٚم وارِ دوٚہے آو شعبانہٕ لانٛگہٕ مینان۔

محمد شعبان حض چھم ونان ، ییرٕ کھاَر تگِم کھرٲنُن تہٕ کاسُن تہِ ،آمِہن پنٕن نیٚمے گنٛڈٕ گنٛڈ کٔرِتھ ،اَکہِ بالہٕ کھاَلم بیٚیہِ بالہٕ وٲلم ،لارُک دارتہٕ دارُک لار وٕنتھ وٲلم ناوِ۔مےٚ زِسٕتن دوٚہَن ہنٛز نہکہٕ پہکہٕ ہانٛژ گاٚمژ ،لوکُٹ تہٕ لوو، تہِ ما وَنکھ بازرَس کوٚرُن خضاب کاٚمنٛز ،مےٚ زِخانہٕ وادٕچ مہ کٔرِوکتھے ،وٕریہٕ بتہٕ گرِ ،نہ کورِ ہَشی تہٕ نہ زامے ، دوہے آسس دیگہِ منزٕ ر ،ہتہٕ سوس واتان ، وارِ مُتھ نا، وۄزجہِ رزماہ ،مکایہِ سوٚتھ ،دَپھ اَلاے بلاے ،اَکہِ اَکہِ پھوجہِ کورِ مالِہن بوکہٕ، قنٛدی تہٕ نمکین کلٕچہٕ پٕن گیہِ ڈیرِ، گُل قنٛد ، گولاب عاٚرَق ، دارچین تہٕ اَلہِ ، کونگ تہٕ بادام گوجہِ آیہِ قہوٕس ترٛاونہٕ ،قہوٕ رِنہٕ کتھہٕ ،تُلرِ کاٚژاہ گیہِ جمع ــــ ہَناہ گیہ تہٕ حریرٕ ہش چاے۔امیرٕن ہندِ کھوتہٕ زیادٕہ کوٚرُکھ۔باٲنٛبر یوٚکھ لال وٕژھے، ژٕیہ تہِ چُھے مےٚ اوٚ نمُت ، دِلُک سورُے دوۄد ژٕلی ییمہِ قنٛدی کلچہٕ سٕتی ، ہوفرِ کہِ کُلچہٕ سٕتی روزی راتَس اَسس مٔدریرٕ، کٔڈتہٕ بخشاٮِٔش پیشگی ۔اَکھ گرٕھی رول گولُک گنہٕ وَس ، کناویز پھرٕن ، نالَس تِلہٕ لاَرٕگتھ ،شلوارَس مُربن دوو، یوتام نہٕ یم چیز آسَن توتام چُھنہٕ گُنہِ خاندرَس میٛون نٕژنُے شوٗبان ،اوأمیک تھاوی زِ خیال توپتہٕ مِنت کیاہ تھاو ہم ،ژٕیہ چُھے میٛون وارِیاحق۔

نجوٗمی بیٚوٚٹھ دوپہ کھورِتہٕ شعبانَس رٕژٕن ہونگنٕ۔

اگر ہا محمد شعبانا یہ کاؔم انذِ دُمرِ ہاروزِم یاد، توپتے خبرٕ ے چھے یِیمہِ ساعتہٕ یہِ ووٗنتھ تمہِ ساعتہٕ تہِ کوٚرُم نا؟

تہٕ چھُ سوٗرٕ ے یاد، ووٗنی وُچھونا آیِنذ روزی یہِ یاد۔

تمہٕ چھُنہٕ کتھے۔

گرٕ ژن وُری یَن بنڈٕ پوٗری علاقہٕ ژھٔنڈِتھ گرٕ نوٚرن نجوٗمی سنٕز فرمائیشہِ پیٹھ ووزِجی نارٕ تِکھ ہِش جورٕ پٹھ حاصِل، تہٕ بوٚم وارِ بوٚم وارِ اٚٹھِ دوٗہ ژاونوٚرٕ صُبحٔ ے نکھس پیٹھ جورٕ پٔٹ ہیتھ، رنگدار کانگر بن دون برٔ زٕ لی ڈٔونی برٕ تھ ——، نجوٗمی سُند گرٕ۔ نجوٗمی سُند ٹھسہٕ درواز یَتھ از رنگ اوس کرنہٕ آمُت، مُژرووتوٚرن، حٔلیمہِ وُچھن، زَن تہٕ لٔیدرٕ تصویراہ مہرنہٕ پوشاکس منٕز دندٕس تل اؤنگٕ جٕ رٕ ٹتھ آنگنس منٕز تاپھ دِوان، سُہ گووپنہٕ جایہِ رٔہتھ تہٕ سو پننہِ جایہِ۔ دوٗنوٚنی لوٚگ زبٔون قُلف۔ حٔلیمس اوس اؤ شکھ آگُر کرتام ہوٚکھمُت۔ نوٚرَسے نجوٗمی سنٕز آشہِ وُنہٕ کینٕہہ باقی اوس، یَتھ لِجس اٚتی درواز س تل اٚش زٕ دارٕ، نوٚرَس وہِسر یے اٚتھہِ، سازپیٚوس نرمنٕز، تھپ گرٔنس زورٕ۔ ٹھسہٕ درواز آوٹاس گرٕ تھ لاینہٕ، بَر گووبند۔



# ہوٗن تہٕ نہٕ شریک



اَکھ نظر ژاےٚ نگی تارَس تہٕ بییا کھ پاےٚ زارس یُس پرانوٚ پر مانوٗ ڈاے سیروزنہٕ
اوس، تارُک ژونگ خوشک وُچھت ژاپہن مہنگہٕ ،متھ ہے کیاہ پاےٚ زارس تارٕ پیٚٹھہٕ
بوٗن تام،لَبہٕ اَسی پرٛانہِ وقتہٕ پیٚچھ تیلہٕ ٹاٹھ ،ہوٚ چھمہٕ کرِہنی کٹہٕ کال، وٲنسٹھ ٹانٹھا
،مےٚ گنڈٲ اَتھ کُن نظر ،نظر گیہِ یِپرٛشنی زِ ٹانٹہٕ آیہِ گوٗنڑھ ،بڈی بڈی وُٹھ وٲتھس ترٛ اتھٕ
،نَرِ تہٕ زنگہٕ گیس وَنیچہِ یارِ، تِمَن پیٹھ خوفناک سَرف، کینہہ اَرگری گری، کینہہ کلہٕ
تھوٚد تُلتھ ،کینہہ زبوٚ زیٹھہٕ راوان ،لنگہٕ پتہٕ لنگہٕ پھیرِتھ لوکٹٮ۪ن لوکٹٮ۪ن شکیل تہٕ ماری
مندبن جانورن آلوٚ منزٕ کڈان ،کینہہ ظالم سَرف دوٗری اَس پلہٕ ناوِتھ جانہٕ ورن
اَلی ہیتھ نبگہٕ لاوان ،یوٚ دوٚے کانہہ پکھہِ پھٹ جانور آلہِ منزٕ وٚسی پیٹھ بوٚنہٕ کنہِ
بچوٚوتہِ سہ رٕوٚ دسَرفن ہنٛدِ ہمہٕ بیٚہِ کانہہ چھیپَن جاے ژھانڈان تَس چھنہٕ چھپن
جاے ژھانڈنٕچ فُرصتھے میلان ،گانٹہٕ چھس جوٗنٹہٕ دِتھ کُنہٕ تھزرس پیٹھ کھارِتھ
پنجن تل بنٛد بنٛد کران، تَسُند چی چھ تٕرِتھ گژھان، گانٹن پیٹھ گانٹہٕ ،صیف
جانور گوٚو تکہٕ تکہٕ ،سارِوے گانٹوٕ نگی اَمی سنٛدِ خوٗنہٕ پنجہِ۔

مےٚ چھِ اَتھ ٹانٹہِ کُن نظر ، اَمہِ بدلاوی وِہرٕ ، کھور پتھ کُن ، کھوربن
پھرٛ اٹہٕ ،سَنہِ پھرٛاٹہٕ ،سِیاہ چاہ زَن ،وُچھان وُچھان تھدے یہِ ،ہیرٕ پیٹھہٕ بوٗن
تام آواَمی سُنٛد پان بوٚمبرٕ آلوٕستی ییرنہٕ ،ییٚلہِ ییٚلہِ دژاے، بمبار دژاے، اَمی

ہِندِس کرٕ ہنس بُتھس وُچھتھ تھاریٚوس بہٕ ۔ رَتہٕ راٹھ دار چشمہٕ ، لیٚدرٕ دنٛد ،
أَسِس بد بوے ___ اِنسانَس نہٕ ژلنہٕ ورأے بیٚیہٕ کانٛہہ چارٕ ۔ یہٕ آیہٕ مےٚ کُن
۔ مےٚ باسیوٚ یہٕ آیہٕ مےٚ کُن موٗمہٕ صوفی نِس روٗپس منٛز ، کھوژُن بُتھ بڑ ہٹہٕ
ووٗنہٕ نَم ۔

شِکس لدا ۔ ژاٙنگس چھُے نہٕ تیلہٕ قطرٕ ، بگارٕ زانہٕ تہنٛز بلاے ۔ یتھ رکھو زِ
لَبہٕ بوروٗ تھمُت ۔ خُدایہٕ ہے پوٚژ مُت آسہٕ ہی ، پننہٕ نُے مکانہٕ آسہٕ ہی ، ہَیوٚ منٛحوٗسا ،
یہٕ چھیتھا پشیچ سِنٛگل زاٙجِ مژ ۔ رکھو چھَم پژایہٕ لدأ چھوٚ وُچھان ۔ یِیلہٕ نہٕ نقد چھے ،
جِنس دِ ، گٔتھ ، کوٗ گر ۔

مکأے چھاضوٚ روٗری ، آشنہٕ ہے دٕ سی بنگرٕ ژراہ چھے ۔ کڑُس سہٕ نربو منژٕ ۔
رکراے ہسہ گرٕژھی نکھہٕ وٕستھ ۔ اُمِس سوزی ناپتہٕ خدا ۔ اَکھتُے اگر یَمن بنگر بن
زیادٕ پہَن ءقمت دژوے ، باقین پوٚنسن اَنگھ یَمن شُر بن وارِیاہ کالِ ناٹہٕ سیراہ ،
دُعایہٕ خأراہ کرنے ، چھے ناووٗنہٕ یِوان اُمس نربو منژٕ بنگرِ کڈُنس ، تیلہٕ گووٚ تیمس
بچس یِم روپہٕ ڈولنہٕ کڈُنی ، یہٕ موصوٗم کیاہ زانہِ روپھ کیاہ گووٚ تہٕ سون کیاہ گووٚ ۔
خبر کتہٕ راونَس ۔ کیاہ ژھ چھکھ نہٕ کتھے کران ۔ ژیہٕ تام چھ سورے ، یِیمہِ گرٕچ
سأرے حکوٗمت چھِ ژیٚنے اَتھِ ، ژٕ اگر یژھک سأرے رکراے گرٕژھ پانژن
مِلٹن منز نکھہٕ وٕستھ ، خبر کیاہ ووٗنمے ۔

ہَیوٚ موٗمہٕ صوفیا یِمہٕ وُٹھی وُٹھی کتھہٕ مہ کر ، بہٕ کرَے نہٕ ہرگز برداش ، بہٕ
اَنے کھوٗنکھن لہر اُوتھ ، ژیہٕ چھے ناغأرتی زنانہٕ خأبِ منزٕ تہٕ زانہہ آمژ ۔ نیر کھہٕ یِتہٕ
رکنہٕ ہیرَن ژٕ نتھ ڈلہٕ ۔

میٲنہِ آشنہِ ہِنٛدِ غاٲرتہٕ ستیٖ گیہِ مےٚ تہِ ہمتھ ۔ مےٚ زِ ہرگاہ دُبارٕ میٲنہِ آشنہِ ہشٕرٕن دٕسی بنٛگر بن ہنٛز کتھ گرٕتھ زبوانے مُلہٕ کڑِتھ ۔

سأئنس ہمتَس بڑ ونٛٹھہٕ کنہٕ پھیر مومہٕ صوٗفس بُتھس لٔید رِژھٹھ ، وُٹھن وٕژھس تھتھراے ، نکہٕ وار بن پُھوپھراے ، ممٕنگن کھرٕ رَگہٕ ، ہوٚٹ گوس خوشِک ، گرٕ وٕنس پٮ۪ٹھ لوٚگ گرٕ وٕٹھ ننٛگلنہِ مومہٕ صوٗفی تڑ اوے یہِ ٹھول ، مےٚ ہیٚش عقلہِ کأم ۔ اَمہِ ٹھولہِ دڑاوأی ہِنٛدِس کلَس نتہٕ مےٚ پتہٕ کنٛز چہِ لبہِ گرٹو گرٹو خوٗن ۔

برمنٛدِ نمن دڑاے بہٕ ، میٲنۍ آشٕنۍ تہِ میٲنۍ کوٗر اَتھ أنیکھ مأدانس گُن اَکہِ لوکٕٹہِ ژورَ ودیوارَ وٕستیٖ وٕلتھ ، دُنیاہ منٛزٕ أکس بڈِس دنیاہَس گُن ۔ ییٚمیُک کاڑ صرف موخصر ژورَن لَبن ، أکس ژأنٛگی تارَس یالبہِ پٮ۪ٹھچہِ وِہٕ بدلونہِ تیلہٕ ٹانٹہِ تامہٕ یوت محدوٗد اوس نہٕ ، بلکہ اوس یہِ دُنیاہ سبٹھاہ دوٗر دوٗر تام پھٔہلتھ ، اَتھ منٛز رنگہ رنگہٕ مأری مٔنٛدی جانہٕ ور ، سأدِر وار دٕرۍ یاو ، تھٔدۍ تھٔدۍ بال ، وَن تہٕ وَنچہٕ یارِ ۔ باغ تہٕ باغن منٛز قسمہٕ قسمہٕ گُل ، گُلَن ہنٛزِ مایہِ بُلبُل گیوان ۔ أتھی منٛز میٲنۍ آشٕنۍ ، بہٕ تہِ میٲنۍ کوٗر ، آشٕنۍ بڑ ونٛٹھ بڑ ونٛٹھ بانہٕ پھوٚت ہتھ ، یتھ منٛز میوٗن خان باب صأبنہِ اوٗنمت بُشکابہٕ تہِ اوس ، أسی أسی سبٹھہٕ ہے اطمنانہٕ سان بڑ ونٛٹھ بڑ ونٛٹھ پکان تِتھی خوش زَن اوس کرایہِ مکانہٕ تڑأوِتھ پننہِ نِس نٔوِس بنٛگلس اَژن ــــ

شُمالہِ طرفہٕ صاف شین ہِشہِ وَسہٕ وِنہِ ویٚتھ نِش دُیت اَسہِ دم ۔ میٲنہِ کوٗرِ تُجہِ ویٚتھِ ہُنٛد قرار وُچھتھ ودٕٹہٕ ، تَس میٚجِ اَبدی خوشی ، میٲنۍ آشٕنۍ لٔج ویٚتھِ ہنٛدِس روپہٕ دستہٕ ہِوِس آبہٕ أنَس منٛز کیٛاہ تام وُچھنہِ تسنٛد وَنُن چھُ ــــ

مےٚ آو وٕنتھِ ہنٛدِ بے کینہٕ أنہٕ منٛزٕ گُس تام بوٚڈ طاقتھ درٕیٛنٹھی ، مےٚ کوٗر

تَس یتھٕ پاٹھی فریاد — اِدٕ سہ میٲنہِ برمنٛدنٕن بانہٕ پھوٚتھ کلَس پیٹھ ہٮ۪تھ مٔژی
بازر نیرٕنے یێلہِ خوش گوکھ، جان گوو، یہِ گوو چون یژھن ۔ یہِ تہٕ سوچ زِ ہے بہٕ
گُس بُتھ دِمہٕ لۆکن ۔ میٚون عار نَے آیوے تیمس میٲنہِ موصوٗم کورِ ہُنٛدُ ے عار
ییہِ زِ ہی، خٲرِ یہِ خوش کری — یہِ باوَتھ مےٚ نشہِ کرِتھ ژٕ ژھ سو محکم تہٕ مضبوط یرادٕ
سان تہٕ یورُ گُن مُژٕ روُن پلَو پھٕٹجِہ گنٛڈ، میٲنٕن دزٕ مَژن تہٕ ژھێنہِ مژن گُرتنٕن
ہنٛدٕ بن پوٚت پلوَن مینہٕ تولاہ گرِتھ تہٕ دَجہِ پیٹھ ژٕ جاہ وأٹِتھ، لورِ بن ہنٛدِ ڈٔکھہٕ تہٕ
رَزن ہنٛدِ گنٛڈٕ ستی گرِن اتھ وٮ۪تھِ بٹھس پیٹھ چھولہٕ دأ راہ اِستادٕ، اَسہِ باسیٚو وأسی
چھِ یێمہِ دُنی ہٕنٛکی بہترین سیاح۔

ووٚنی چھُنہٕ اَسہِ کانٛہہ کرایہِ داراہ تقاضہٕ کرنہِ یوان ۔ نہ چھ ژأنگی تارِ چ
سو وأنٛسٹھ، منحوٗس تہٕ کرٛہنی کٹہٕ کال ہِش لَبہِ پیٹھٕچ ہوٚچھی مُژِ تیلہٕ ٹأنٹھی دیوَن تہٕ
ڈیٹھاکن ہنٛدی وِہی بدٕ لأ وِتھ کھوژٕ ناوان، اَسہِ نشہِ اگر کانٛہہ آوتہِ سو آیہِ گُتج، دَماہ
دُیتٕن پننہِ خوش الحأنی ستی مٔدٕ روُن سون روٗح — دوٚہہ اکہِ گیہِ خلافِ توقع رَتہٕ
چاٹھی بُری بُری ہوٗنی چھو کھاہ پأدٕ، سہٕ بدصوٗرَتھ ہوٗن لوٚگ میٲنہِ آشنہِ گُن وُچھنہِ۔
میٲنہِ آشنہِ ہیٚژٕ نظرِ آسہٕ بدَ لوِنس وقتَس ستی ستی ضوٚر روٗرتہٕ مطأبق ہلہِ تلہٕ لگہٕ وُنہِ زٕ
گولہِ ہِشہِ بنے مژٕ ۔ ہونو تہِ کھیٚو ترٛاس، تم وہٕسر یے، بُڈی ہوی ہوٗنی دِژ باقیَن
گُن نظر۔ شاید وۆنہٕ نگھ ژٔلی وو، وُنہِ چھو ایٚتی یَمن ہا چُھو جانہِ مَنٛس پیٹھ آمُت۔
یُتھ نا اَسی ژکھرِ کڈن۔

☆☆☆☆☆

# اَبابیہٕ

☆☆☆

سَنہٕ گُنوٗہ شبتھ تہٕ شیٚیہِ تاجی ہَس منٛز ییٚلہِ مےٚ کلَس وُتھی پھیٖوٚر پیٖوٚ ومےٚ زِ گُلثیاپہِ ، کہو یتھ پشَش تھاوٕ زِ ہے وَ ٔگوی زٕ ٹاہ یُتھ لیٖوب تھوٚب گرٕشہ ہَس ، ژٹان ژٹان چھُ یہِ وُتھ دون پوٗرن وَسان ۔ میٖون یُتے یوت وُنن زِ ٔ گُلنی گرواجیٚنٛ وٕ ژھ پَلہٕ پیٹھچ پٔنز ہش ۔ ہتہٕ حض گس چھُک ونان أمس چھِ حض یَمن کتھَن ہنٛد کانٛہہ خیال ، أمس چھُ صرف بیٚہنہٕ تلہٕ درامُت ، یُہَے مُشٹنڈ اہ ہیٖوٚ ، ہٕٹہٕ مٕٹہٕ گوٚمُت کوٗنَس أ کِس منٛز ہیتھ نِرِ جوراہ وٕٹتھ کوٗٹھبن منٛز کأرترأ وِتھ لال پشپان ، یوٚہ ہے بلایہِ خداہیٖوٚ ۔ أمس نخض چھنہٕ غأرتھ تہِ گرٕشہان وَہی ڈاکھ اَتھ وُتھس گرٕشھن یہِ گووپٔشگ حال ، زارِ پارِ کوٚرُس رہتہٕ کالہِ زٕ ژور پچہِ ہتہٕ کأنٛسہِ منٛز رِس ، کأنٛسہِ نتہٕ کأنٛسہِ گرٕشہ ضوٚرٕ رٕ انصاف ، یُتھ یہِ پَش ولنہٕ پییہِ ہے مونمُت اگر آسہِ ہیٚن یہِ حال ما آسہِ ہے گوٚمُت ۔ زانٛہہ کأنٛلی یے دانَس پیٚوان چھَس گوڈٕ چھُم پیٚوان دان ہو کھہٕ ناوُن تہِ چھُ اَتھ وُتھِ ستی یرٕ وٕنی ناوتہٕ چرٕ وٕنی دٔل گوٚمُت آسان ۔ بلاے آیہِ تتھ دوٚہس ییٚمہِ دوٚہہ بہٕ یورٕ لُجس یتھ تاوٕنس ، ڈأ کِستان گووتَس نکاح لکھن وأ لِس پانہٕ گےٚ سالاہ کھیتھ یڈاہ برٕکھ تہٕ بہٕ لأجہس یتھ تاوٕنس ، زَن نہٕ میأنٛس مأ لِس ماجہِ گُنہِ تہِ کانٛہہ اَتھِ اوس آمُت ۔ کٔشیرِ زَن اُسی گہَے گرٕ رٕ دِی مُتی ، تمن بچارٕ بن تہِ کیاہ خطاہ ۔ یہِ خطاہ تہِ خطاہ سوٗرٕ ے أمی ہیے ، یَس مژٔر اوس وٕ تھمُت زِ خدایا کرسپدِ یہِ کأم ، مٔنزی یار بن پیٹھ منٛزِ می یأری ، اَستانَن دشہِ گنڈان ، پیٚرن

فقیرن کھور رٹان۔ نیٖر ہاسکوٗل تہٕ تھَلہِ تھَلہِ اوسُم وُچھان، پیٚتی وُچھِہ ہَم تٔتی اوس
روٹہٕ گژھان، اِد جنت اُسن تَمن۔ تَم اُسی سیٚدی تموٗزون زچہِ زٔٹ چھےٚ، بیٚیہ
چھُ بٔڈ پایہِ پوٚ رمُت، ووٗنی وَنتَم حَض کتھ آم اُمی سُند پرُن بکار، بہٕ کیاہ تتھ پرٚنس
کھہما گوجہِ کڈِتھ، اُمِس چھُم صِرف نوکری نوکری لوٚ گمُت، دُشمنَن زَن چھُس
نوکری جِن پژ گژھ ژامُت۔ ژٕ ونتہٕ یتھ شخصی راجس منٛز کُس دِیس نوکری؟
جاۓ گیٖر دارَن، وٕڈ دارن تہٕ سوٗ دخارَن ہِندِس اَتھَس منٛز سورُے، یا تہٕ گژھ خدا
بوزُن یتھ گژھ وَ گہٕ ڈُلناہ لگُن، لوٗکن ہنٛز حکوٗمتھاہ گژھ بنٛنی، تیٚلہِ لگہِ ہے نہٕ یوٗ ہے
یوت نوکری ئلی کہِ بہٕ تہِ، مگر فلحال کری تَن کینژھا۔ کارَس چھاعأب۔ اِدحَض ژٕ
کُس ووپرٕ ے چھُکھ مےٚ زِووتھ تہٕ تھوٚد تہٕ تراوتہٕ یِم تقریر وغأر کرہنی، یتہِ مٔشرا و
تہٕ زِ ژٕے کیاہ چھُتھ دٕہَن کہَن وٕری ییٚن پوٚ رمُت، تراوتہٕ یاشاہ کُرِتھ منٛزم یأرِی
کارَس ووٹھ، ییٚتہِ گوو "شابان" نہ دون منٛز تہٕ نہ ترٕبن منٛز تَس ییٚلہِ پوٗنسہٕ توٚگ
زیٖنُن ژٕے کیاہ سپدُ ے؟ چانہِ کھوتہٕ چھُناسے "شابان" جان یُس شیریٖنہِ چنٛدٕ
تہٕ ناٹہٕ دَجہِ گرِ چھُ اَنان، ژیرٕ و، خٔضرٔ وتہٕ بادموٗستی چھُس چنٛدٕ برٕی برٕی آسان، اِد
کناویزلأگی تَن سُہ تہٕ سجأنی، ستر کشر لأگی تَن سُہ تہٕ شوٗ بأنی، ژٕے چھی نہٕ یِمَن
موصوٗمَن کتھی کیٚپرَس ژور پانژھ گز جوٗ ران، یِمَن ییٚہ ہے تَن ولنہٕ ہٕٹر ہٕٹر چھُم یِم
دِوان۔ خبر کمہِ ساعتہٕ ژلیم یِمَن دُشمنَن بدخھن زٕ وٗنیرتھ، اِد وَ دکھنا تالہِ گلی لٔدِتھ مگر
بعدازخراُبی اِد وَنکھ ناکأنسہِ ڈٕسیکس ستی کونہٕ درٕ اوس پیشر اُزی مگر ییٚلہِ اَتھہٕ منٛزٕ باز
گوٗ مُت آسہِ، وَنان کونہٕ چھُکھ کانٛہہ جواب، وُچھ حَض اُمی پھاٹہٕ ناٗو مےٚ وأنج،
اُمِس کُیتھ حَض دِل شِکسن زَن چھُس نال ووٗلمُت، پہوےرٕ بوٗدٕ ہیٚوٗ ژٕ وَن

حَض اُمس تمہِ ساعتہٕ آسیہِ چیٚٹھ خانٛدر کرُن وَتہٕ مِیانہِ اوسُکھ وُچھان آسان ۔
راتھ دوہ اوسے مِیانہِ خاطرِ ڈاکی گژھان تمہِ کنِی چھس بہٕ دپان، یہِ کتھہٕ پاٹھی
دژ اومیٹرِ کس پاس مگر یتہٕ ونو و دماغ اوسُس پڑٕ جان، وُچھ حَض عارِ برٔژ و چشمو
کیٛاہ چھُ وُچھان، اَتہٕ تھِے کیٛاہ حَض چھس بہٕ کُجی گژھان کیٚنہہ تہِ چھمنہٕ تگان
وُنن، وَنہٕ مرد مکر دِل چھُمنہٕ برداش کران، وَنس دھوکہٕ بازوَنہٕ کس۔
''گُلس'' پیٛو ژرِ کھوڈس وُتھی پھیٛور، گُلی تُل کلہٕ تھوٚد تہٕ اَچھ
آسس اَشہِ برِتھ تیار اوسُس اوٚش وَسنس مگر خبر کم مَلکھ زَن اَسی اَتھ اَشس
ٹھرِ، یاتہٕ اوس یہِ ''گُلنُے'' جگر یمہِ کنِی نہٕ اوٚش ٹار بوٚن پیوان اوس، گُل وۄتھ
مےٚ گُن۔

''بھابی کونا چھہن سمجھاوان بہٕ چھسا اَکھتھ بہتھ، بہٕ زرواپن ہنٛدی اِر
سِر بہٕ کرا یُہُنٛد فاقہٕ دُیُن برداش، مےٚ چھینا یہِنٛد باپتھ وانٛج ژھینان، مےٚ چھُ
اُمی سُنٛد خارٕ یاد مےٚ مَشہِ نہٕ کانٛہہ کتھ، نکچارِ وَستہٕ کھنجہٕ آسس تمہِ کھیٛہ
کِنتھ، تِمن ہُنٛد مَل تام گوس ختم ''علی محمدا'' بہٕ ہانیر ہاموٚ زورِ بہٕ کرہنہٕ وایہ، بہٕ
کھوژہانہٕ لوٚکہٕ پامَن، مےٚ کیٛاہ کرِ ہےلوٚکہٕ گیٛلن، مگر مےٚ نہٕ چھُنہٕ بنان نیرُن،
اوَل چھمنہٕ نالی کیٚنہہ، گرِ تنہٕ یزارس چھم پرِکالی وُتھی متی، ژادرِ پٹھ اَس، سو نیہٕ
ظالمو تعزیری ٹکسہٕ بدلہٕ، خارٕ بہٕ نیرِ ہاتھے پاٹھی، نیٛبر گُنہِ رَٹم گوڈٕ نتھے کانٛدرتَسنٛد
چھس قرض دار، راتھ گرِ تمی شریف پاٹھی وُگراے مےٚ زِیگاہ تام کرتہٕ صبر ازکتہٕ
اَنس، نیر پیٚٹھی مِلی، تتہٕ چھُم وونی تَس کُس جواب دِمہٕ، وَسہٕ ہایمہِ کوچہٕ، اَتہٕ چھے
پُلسہٕ چوکی، پیٚنگھ اگر نظر تِمہ بیٚیہٕ رٔٹتھ، یِمن چھے خبر یہِ چھ آزادی ہنٛزِ تحریکہٕ ستی

سٮ۪تۍ ، دپان پُھس وُچھن گوٚژھم نہٕ کانٛہہ مَلکن ژٕوٕ رِروزٕ ہا، یٮ۪مہِ زندگی کھوتہٕ
چُھ موت بہتر، سُہ موت گوومےٚ گیٚیت کاٗمۍ تَس تہِ چھیٚنہٕ یورکُن وتھ لگان۔ تَس
زَن کارِ وُٹھنۍ لُج خبر کتہِ۔

وُچھ کیاہ چھکھ کانٛچھان، زنانہٕ تہِ کرِنہٕ پرٛژھ کتھ، اوتیلہِ تیٚم شوٗب، یہِ
گٔیم چانہِ زندگی منٛز یٔمن بچٕن ہنٛز حالتھ، اکہِ مورِ ہنٛز نتھ چھکھ، سرمایہ دارَن ہنٛدِ
اگر آسہٕ ہَن، کوٹ تہِ آسہکھ ہے بوٗٹ تہِ آسہک، بُنیانہٕ تہٕ موزٕ، کنہٕ ٹوپہٕ تہٕ اتھہٕ
پنٛجہِ، مگر یٔمن نہٕ کپرس ژور گزتن وٕنۍ سُمب، نالِ نہٕ زٕٹ، کھیٚنۍ نہٕ میٚٹ، وانجہٕ چھم
شرٛ اکہٕ وسان، یٮ۪لہِ اَسلمس ہٕندِ رِمنٛزۍ چھُ نیرِتھ ژلان "ابابہٕ" دوٚیمہِ طرفہٕ چھ
عابدٕ آسان چوچہِ چوچہِ کران، مےٚ چھا یہنٛدِ فاقے آسنہٕ رنگ لگان، اَوے چھسے
ناونان کینٛژھا کرتہٕ، ژٕ آسکھ دپان پننۍ موکھہٕ ماچھےٚ کران، صِرف یٔمن
موصوٗمَن ہنٛدِ خاطرِ، مےٚ کیاہ چھُ تی دِمکھ، وانٛج پننۍ دِمکھہِ تلہٕ تلیٚن گرتھ، کنہٕ ہا
وَسہٕ کھنٛجہِ تَم موکہٕ لیٖیہِ کرتام، کیٚنہہ بانہٕ کھنٛجہٕ آسہٕ موکہٕ لیٖیہٕ کنتھ، یٔمن دوٕ ہَن تُہۍ جیل
اَسِو، ووٕنۍ کم وَس تہٕ جورٕ چھم تیمےٚ کنہٕ، آسہٕ ہَن تےٚ تیٚمن کیاہ نیرِ ہے، ہتہٕ حٔژ ژٕ
وُچھتہٕ ژٕ کیاہ ووپرٕ چھکھہٕ، یٔمن موصوٗمَن چھُمنہٕ وُرُن کیٚنہہ، وُچھ حٔژ یہ چھےٚ
یٔمن میٲنۍ پوٗژھ وٕرنۍ ـــــ ہاں ـــــ اَسلما ـــــ اَسلمایہ کوساترٛٹھ پیٚیم
ہتا پوترٕ گاشو، ہتایہ رٕکھو گوم خدایو، یہ کُسوٗ فریب دِتھ گوہَم پوترو، یہ کمٚیوٗ دوٗپہٕ نَم یہ
گرٛژھی نےٚ، یہ کمٚیوٗ دوٗپہٕ نَم پھلیہ ڈوٗڑھ پیٚیہِ نےٚ۔

لوٗکھ گیہِ چھوکو چھوکو یوان، زَن لبو منٛزٕ پھٹےٚ، یارٕ ہنٛدِ گرٕ، بٔنیو وپوٗرٕ ماتم
سراے، یار گووفلوٲے، خاک موٗلُن، جامَن چاکھ دِتیٚن، مےٚ ہیوٗک نہٕ یہِ

صدمہٕ شہتھ ، کینٛہہ دوہ گژھی تھے کرِی مے اورٕ یور کینٛہہ پوٚنسہٕ وصوٗل تہٕ ژوٗلس ییٚمہٕ مُلکہٕ نبر ، دِلہِ ، بمبیہٕ ، کلکتہ تہٕ بیٚیہٕ واریہن جاین کوٚرُم تقریباً ژوٚدٕ ہن وٕری ییٚن تیٚچھِ بچھِ ، محنت ، مشقت کرِتھ روٗدُس انہٕ میٚٹ حاصل کران ، مگر پرٚتھ دوہ شامَن اوسُم چھٕنتھ پوان ، ییٚلہِ اسلمنہٕ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ مرنٕک نقشہٕ اوسُم اَچھن تل پوان ، جیرٕ اوسُم پوانٕ ، دوہے اوس سَن یار خابَس منٛز وُچھان ، آخری دٕہک خاب چھم پوٚرٕ یاد ۔ گُل وُچھم اسلمنہٕ قبرِ پٮ۪ٹھ بتھِس سوٗر مٔلتھ ، جامَن چاکھ دِتھ ، اسلمنِس پیرِس کُن مُدا آے گنٛڈِتھ ونان ۔

اسلما ، میانہِ اسلما ، اَتہِ ماچھے ترٕ لگان ، اور ماچھے وُتھ وسان ، اِدٕ نا آسی زانٛہہ بتہٕ کھیٚوُمت ، اَتہِ کس وَنکھ ابا بیہٕ ، ہا پوترو ، اَتہِ گسُولکہٕ وِی ، بوچھِ ہتہٕ پوترو ، ہیو پوترو ووٚ تھوتھوٚ دپراٹنہٕ یہ قبر ، دِسہٕ اَتھ سیٚنس چاکھ ییٚتھ ستی ژٕ روٚزمُت چھنکھ ، ہیو ژٕ کونا چھہن یہ پراٹان ، ژے چھیا تمہٕ پھٕڑ متہٕ مکانٕک بیم ، ییٚتھ ہاوُتھ اوس وسان ، سُہ مکانہٕ ناچھے ووٚنی ، چانٛی دٕرے ، اسلما موج چھے فلواہ گمٕژ چانہٕ دادِ ، سو ہا چھیٚیہ دارِ تہٕ برٕی کران ، اَچھ ہا لوسٕس ژے پیاران پیاران ، سو ہا چھے لُکہٕ شرٕ بن چانہِ برٕ اَنٛژ لولہٕ متہٕ لاے کران ، ووٚتھوٚ ہیو ، پوترا وٕنٛج ہا پھٕٹم ، ہا پوترو عابِد بیٚنہٕ ہا چھے چانہِ دادِ مٔژ گمٕژ سو ہاچھے بُڈ گمٕژ ، ییٚہس ہا گژھی سو ڈاکٹری ٹرینگ کرنہٕ خاطرٕ ـــــ اسلما وُچھو وُچھو ییٚم بیٚنہٕ تہٕ بأے ، کرٕتھ وردی لاگِی لاگِی چھی سکولن تہٕ کالجن گژھان ، تلا ووتھ ژٕ تہٕ گژھو ، ژٕ ماچھکھ دپان ووٚنی گوس بہ شرٕ اہ سَدراہ ووہر ، ووٚنی کتھہٕ کٕنی گژھہ بہ مدرس ، آہ بیقلہٕ ، مے نِش چھکھ ژٕ تیٚتھے دود چوٚن شُر ، تہٕ گرِتھ ییٚلہِ بڈٕی بالغ پرَن تہٕ ژٕ کُس موتبرٕ ے چھکھ ، چانٛی دٕرے نشاط ، شالہٕ

مأر، تہٕ چشمہ شاہی نِمَتھ، وُنی کینٛس چھُنا بہار، جل چھِ بولان، وُچھ وُچھو سنبُل کیٛاہ چھِ چانہِ قبرِ پھٕلی ہٕتی، اَز چھنہٕ ترِ تیٛمیک ژےٚ کانٛپ چھُے، اسلما تلا اکہِ لٹہِ وَنتم "اِبا" مےٚ ہا ژٕلہِ ہے شَر، ہتا اسلما ژٕ ماچھُکھ موٗ دمُت؟ نہ نہ —— ہرگز نہٕ، تیٛلہِ کونا چھُہَم آلو کران، مےٚ ہا چھُے کمبر پھٕٹمُت، یار اوسُم سُہ تہِ گوم زِنٛدٕ پانٔے اَچھو دوٗر، اَمہِ آہ وزآری ہٕتی گوس بہٕ ہُشیار، تھرِ تھرِ وٕژھم، وأنجہِ باسے یم دَگ ——

امی ساعتہٕ کھٔیوم قسم بہٕ ترِ گٔشیرِ، اَجہِ رأژ گوٚنٛڈُم بِستر، کوکربا نٛگہِ ووٗتُس اڈَس تل، اَز آیہِ نہٕ مےٚ وَتھے مےٚ کیٛأری چھُ گرُٛھن، اَتہِ وِچھم وَتے وَتہٕ، ٹانٛگہٕ وولاہ پوٚک، سبٹھاہ جان، زان کَڈٕنَم، مےٚ بنٛیُو وُسے یوٚ تام وَتہٕ ہاوُک۔ بھابی یُتھُے وُچھنَس، سُے ماتَم ووٗتھ بیٚیہِ یُس اسلمنہِ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ مرنہٕ ووٗتھمُت اوس، سبٹھا سمجھأوِم، مےٚ زِ اَسہِ تہِ اکہِ نتہٕ اکہِ دوہ یہِ دُنیاہ ترأوِتھ اتھہٕ ہاوان گرُٛھن —— مےٚ زِ یارا، یہِ اوسیَا ژےٚ بیٛا کھ تکلیف وانٛگٕج وارِ یور لگُن۔ گُل ووٗتھ۔

ہانا، وانٛگٕج وارِنا چھ نہٕ، یہِ ہا چھُ اَسہِ پٕنُن نوٚو مکانہٕ، مےٚ آیہِ نہٕ پڑھ تہِ، قسمَن پیٹھ قسم ہأوِنَم، یہِ چھُ پٕنُن مکانہٕ، اِدٕ بیٛوٗٹھُم دِل ڈٕنجہِ —— بھابی وٕژھ.......

دژاگ نہ حَض چھ روزان، مگر داغ چھُ روزان، بنٛیُو نا مکانہٕ مگر اسلمنٕے وُچھ نہٕ کینٛہہ، تُمی سٕنٛزِ ے کتھ روٗز داغ بٔنِتھ —— "ابابہٕ"



# علامتھ



پننہِ فنکارانہٕ صلاحیتُک ژورحصہٕ اُٹھ نستہِ ہنٛزِ شوٗبہِ پیٹھ خرچ کوٚرمُت، وَنن ہُنٛد کانٛہہ تہِ دارنہٕ مُشر وومُت۔ یُس نہٕ اَمچہِ بندباگے لوگمُت، یہِ مۄرتھ اَس ژنٛدرن مُشکِھ ژھٹان، پننہٕ نبن نمن ہُنٛد خوٚن وُنٛدتھ اوس کمال صابَن پیٚزی پاٹھی کمال کوٚرمُت۔ دپان تمۍ اوس لوکہٕ چارسے کیٛاہ تام ٹیٚنۍُو جانور بنأوِتھ گوڑ گوڑ ووٹہٕ تُلہٕ نوومُت تہٕ پتہٕ ہناوُ پھہٕ نوومُت۔ تسُند پوشاک اوس سفید قمیض، سفید پتلون، سفید انگریزی ٹوٗپۍ۔

"کمال صأبایہِ لباس لأگِتھ چھُکھ یوہے زِنٛدٕ موردٕ پھیران باسان۔"

تسُند جواب اوس۔ کرٛ ہُن لباس اگر لاگہٕ، داغن ہُنٛد احساس رٕکتھٕ پاٹھی سپدِ بم، ووٚنۍ کیٛاہ گووماٗنۍ تو تو تام زِنٛدٕ موردے یوٚ تام نہٕ دُنیاہس بروٚنٛٹھہٕ گنہِ پننہِ فنک بہترین تہٕ پوشہِ وُن نموٗنہٕ پیش ہیکہٕ کٔرِتھ۔

"تمۍ اوس اَتھ مُرژِ اَنٛدرۍ کٔنۍ تارن ہُنٛد زال وہرومُت، مینکن تل زٕ لکھچنۍ سُچ، شوٗبہٕ وِنۍ زٕ پَنۍ ہوی تھاوی مُتۍ۔ یمو سُچو ستۍ اَس یہِ مۄرژ سوٗرے کینٛہہ ریکارڈ کٔرِتھ ہیکان۔

کمال صأبَن لٔب شوہرتھ۔

دیوان خانَن پٹھ دمہٕ قہوٕ چیتھ صُبحہ پیٹھ شام تام زندگی گذارن والیٚ''
.... شامَن ژھٹہٕ رَس چیتھ صُبحن تام لرتژ اوَن والیٚ..... خمیر گُلقند کھیتھ سینہٕ پیٹھہٕ
کہِ بلغمُک بارلوٚ ژراوَن والیٚ ، تہٕ خوٚشِکھ کتھہٕ کُتالوٚگر پننہٕ پننہٕ انڈٕ ووستہٕ کمالس
نِش واتہٕ نچ سبیل..... کینژھ ہوگری گرِ تہٕ کینژھ ہو دفتر ٕپیٹھہٕ ٹیلی فون''۔

ہیلوٚ جناب۔کم حَض چھوٚ؟

Kamal this end تُہۍ کم ؟ نہ نہ بہٕ زانوونہٕ اَزتام کینہہ ــــــــ

ہیلوٚ ہیلوٚ توتہٕ بوٚ زِوا کھ کتھ۔

Please don't disturb me ہے تژ اوحَض ٹیلی فون۔

کینژھ ہو سوٚزی مبارک بادی ہندی پأغام سونہری میلہِ ستۍ لیکھِتھ۔

کینژھ ہو سوٚزی سالہٕ سوالی

نظم ونثرس منٛز آیہٕ تعریفی کلمات لیکھنہٕ۔

پتہٕ بڑ وُنٹھہٕ پکن والین ہندِس اصرارس پیٹھ سپُد کمال صأبنہ تخلیقی نمائیشہٕ
ہُند سنز ،لُکھ سمیٖے تتھ جایہِ یوسہٕ کوٚ ہوٚ ستۍ ڈٕلتھ اُس ،مغربہٕ طرفہٕ اوس مخملُک اکھ
خوٚبصوٗرت خمہٕ گنڈِتھ نظرِ گژھان ، دیان یہٕ اوس بڈبو تاجرٕ و گوٚنڈمُت ،کینہہ
اُسی وَنان یہ چھ شنیلُک تہٕ کینہہ مخملک خمہٕ ، اَتھ بخشِس لُج ییٚژھ ہُر زِ کینژھن
جامن ژھٹینٛ نال، کینہہ گیہِ چھوکہٕ دأ وی تہٕ کینہہ لتہٕ موٗنجہ
گژھِتھ اکھا اَکس خلاف،

کُمی تام خوجن اوس نمائیشہٕ اَندی پکٕ لوٚکن ہندِ خاطرِ کلہٕ ہیر بتہٕ تہٕ
ژروَن تُہر تہٕ تھاوِمژ ،سوال وُتھ رنگہٕ تُہر رٹہٕ وِ کنہٕ نہ، تاپہ کژاے اُس ،قنڈ

شرٕبٕڑ گن دورِ پے اکثر۔

اعلانٕ سپُد ، یُس یتھ نمائشہِ اند راتٕھ ، تَس نِش تھاوِ وِیہِے وومید زِ سہٕ کرِ کمال صابہٕ نِس تخلیقس متعلق ایماندآری سان پٔنٕز راے ۔ رایہِ رجسٹری پیٹھ درج ، یوسہٕ نیٚبرٕ کنہٕ میزس پیٹھ چھیٚ ۔ قلم تہِ چھُ تتی تھٕے رَزِ ہنہٕ گنڈِتھ۔

اَتھ مرزِ اَسی کوٚنٕز کران تہٕ یہٕ اَس طوطہٕ ہٕندی پأٹھی وَنان Welcome, Welcome یہٕ وُچھتھ گیہِ کینٕہہ خوش تہٕ کینٕژن گیہِ یہِ ماری منٛز صوٗرتھ وُچھتھ بتھس پیٹھ غمکی آثار پأدٕ ، کینٕژن ہنٛز راے اَس زِ یمن غمگین سپدَن والین منٛز چھا اکثر تم پرأنی فنکار یہنٛدِ اتھہٕ یژھ مرزاه بنیہٕ نہٕ۔

مختلف رایہِ آسہٕ ــــ تتھہٕ پأٹھی ......

کم سونہٕ ہٕندی اتھہٕ چھ اَمس فنکارس

تلہٕ کنہٕ چھُ ضحاکہٕ ہیٚو ــــ ہوٚ کیا ہُہ۔

آ۔ یو ہے موٚٹ عأنکھ لأرِگتھ۔

نرِ پزِنہٕ پیٚٹھی زِ تیٚچھ۔

تَسُند یژھن ۔ ذٔہین موہنیٚو اه۔

آسہٕ

ہیٚو ٹھے نا ۔ اَمی ہٕنز ذہانت چھیٚ اَمی ہٕندِ تخلیقہ تلے نَنان۔

واہ کیاہ تخلیق چھ ، نیچہِ چشمہٕ ، نستہٕ کدول ، اَتھ گن وُچھنہٕ چھُ دِل ووٗتھ کڈان ، یو ہے گو وفنکار آسُن ۔

مہٕ سَن زیاد ، وولہٕ نیرنبر ۔

نمائیشہِ نیٚبر کنہِ اَسی یِم کیٚنھہ زانَن وٲلی ، زانُن یژھان۔

''توہِ کیٛاہ باسان ؟''

کیٛاہ تام پرٕ گی چھس۔

اَتھ پرٕ گی کُڈ یوٗنا گِیٚنز

مےٚ ہے خبر آسہِ ہے ، کتھِ گرٕ ھسم کوتھ ، بہٕ کرٕ ہانہٕ کتھے''

ناراض کیٛازِ گوکھ ، بہٕ چھُس توہِ ہوبن گاٹلبن ہنٛز راے زانٕنی یژھان

تاکہِ بہٕ تہٕ ہیکہٕ ہاصحی راے قاٮ۪م کٔرِتھ۔

گووتُھی بنأویوٗن پننٛی راے میٛانہِ رایہِ ہنٛز غولام۔

نہ نہ ، تہٕ چھنہ کتھ ، حُکم چھُ مشوٗرُک۔

تیٛلہِ گووپوٗز یہِ زِمیٚے گووکمہِ تام کُمی ہُنٛد بہٕ شوٗنک احساس ہیوٚ۔

تُہنٛدی تاثرات ہیٚکا بہٕ زٲنِتھ ؟

یوٚ دوٚے بہٕ دِلہٕ ہٕنٛد ریوٗمُت کمزور تہٕ ناتواں چھُس ، مگر

دُنیاہچ کانٛہہ تہِ حُسین شےٚ وُچھِتھ چھُس بہٕ جوان سپدان ، حُسنُک چھُس بہٕ دلدادٕ

مےٚ چھُ کُنہِ ساعتہٕ پٔنُن حسین یاوٗن تہٕ تمہِ چہِ رنگینیہِ یادِ یوان ۔ أتی چھُس بے

ساختہٕ پأٹھی یہِ شار گُنگناوان۔

ییٛلہِ چھُم یاوٗن مےٚ ژٕتبس پیوان

تیٛلہِ چھُم یوان دیوانہٕ گی

تِتھے پأٹھی وُچھ مےٚ از تخلیق کارٕ سندِس تخلیقس یاوُن لوٚ گمُت ۔خوش گوس، أچھن پیٚیم تراوتھ ۔میٹھی پوٚنشہِ کرٕہس تِمن اَتھن ۔

ہاں ـــــــ دزاکھٕ بِیٚہِ کینٛہہ پرٕ ژھنَس دُیتِتھ نہٕ موقے، میٛوٗٹھ تہٕ موٚ دُر بُڈاہ چھُکھ، عُمر چھینہٕ چھُمی گرٕمژ، چون کلام بوزان چھ انسان نابد ٹکان۔

ہاں ـــــ وُچھونا تِتھ رایہِ رجسٹری پیٹھ کیاہ چھُ لیکھِت؟

دوستہٕ کمال زندہ باد۔

ہچہِ وِس گرِس زچوٗزہن ۔

اَمہِ ہچہِ سوندر مالہِ، بالہِ نیٛوٗنم دِل۔

یہِ اُس أکِس زنانہٕ موہیٚوی ٕسنٛز راے۔

ہے لوٗکو مشینی انسان آے بارَسس، زمانہٕ بدلیٛو، کتہِ سُہ سیٚز ریز، آدم اوس ہَتھ تہٕ تِمہِ تہٕ پیٚٹھی مرضہٕ روٗستے وأنس کڈان، نٔوی دنداَسس یوان، بُڈأسی نوسرِ گرٕ ٹکان۔یہِ تہٕ أس راياہ۔

شوروٗتھ، لاران لاران ینہٕ والو لوٗکو منٛزٕ وٗن أکھ۔

دپان دوستہٕ کمالُن اِنسان آؤ تھوٚکُنی لاینہٕ، بُتھس پیٹھ زن نہٕ أسس نِستے۔یُتھ نہٕ ڈیٚپیوٗ مےٚ وٗن۔یہِ اورٕ وَنان تہِ وٗن مےٚ تہٕ۔

ہے دپان گگرَ وأس زمینہِ تلی مُر ژِھندِ ہن کھورَن تام ہُد دِژٕمژ۔ییٚمہِ رکنی سوگر یوزن تام وٕستھ گیہِ۔

کانٛسہِ وُچھ یہِ سوٗرے؟

عٔلمِ غأب خدا زانان۔

لُکھ کیٛاز ِزٕلی نُمأیشہِ منٛز؟

چھگ دپان گیہِ۔

ہے پۆز پۆز کونہٕ ونان تھی۔

کیٛاہ وَنے میٛے بُتھ ِدوان، کأنٛسہِ نہٕ اخلأقی جۆرت گژھان، دَپہٕ ہے مےٚ وُچھ۔ بہٕ چھس ونان۔ مےٚ ِزنش بۆ زِو۔

پۆز کرِونہِ انسان؟

ییٚلہِ بنی آدمس پۆز بوزٕنچ شکتی پأدٕ گژِھ۔

سو کر گژھِس؟

مےٚ ونیٛو پۆز ے یار ژھیٛونم ہمیشہِ خأطرٕ

اگر تُہی کھوکھہٕ لأ وِتھ کتھ کرِ ہو کو تاہ خوش گژھہٕ ہابہٕ۔

بوز اَکھ وقتاہ گوو، مےٚ لأج بظأہرٕ اَکس دانا موہنِوس ستی یارز۔ ییمہِ طمہ ز ِدانا موہنِوی سنٛز صحبت گیہِ سعادت مندی۔ سہٕ اوس یارن دوستن ستی زورٕ بحث لاگان۔ بحث نہٕ ٲسِ کہِ بہٕ وَنہٕ تتھ لڑأے۔ موضوع اوس موضوعٕچی جایہِ روزان ___

"وجہ"

وجہ یہِ ِزپۆز گوٚ ژھ نہٕ وَنُن۔ یہِ سہٕ وَنہِ ہےتی گوٚیو وپۆز۔ بیٚہ سنٛدِس پزٕس اوس سہٕ گُرِ کران، بڈ بڈِ کر بکہِ دِتھ۔ أمی سنٛز غلط راے یۆ دوٚے کانٛہہ وَزن دارتہٕ پزٕ دیٖلیل دِتھ پھٕٹراوِ ہے۔ سہٕ اوس ناراض گژھان، تمِ وۆن خلوٚ کھ پأٹھٕ

مےٚ ، مَتا آس تہٕ بحثہٕ وِزِتھوس اَنان ۔ اَمہِ سۭتی ناچُھنہٕ کینٛہہ تہٕ گرٛھان مگر بہٕ چُھس پوٚیِنٛٹ (point) ہاران ۔ تُسُند خیال اوس یُس بڈٕ بڈٕ کربکہٕ دِتھ بێیہِ سُند پوٚز تہٕ صحی راے تل گُن کرِ ، تمِ زیٛوٚن پوٚیِنٛٹ (point) یعنی یہِ بحثہٕ محفل گیہِ تسٕندی حصہٕ ، مےٚ روٗدنہٕ بێیہِ اکہِ دوٚہہ پانس تام ، مےٚ وۄن پوٚز ، تمِ ہٲر محفل ، دوستی گوو ژھعن ۔ وونۍ وَنتم بہٕ کتھ ونہٕ پوٚز ؟ پوٚز ہے وَنے پَن زن نٹکھ ، تگی اگر کر ژھوپہٕ ۔ تِکیا زِ مےٚ چُھے ژھوپہِ تلَے دزٕ اُمت ۔



# عفوٗ پروردگارا



زیٗوٹھ ووشاہ ترٛ اُوِتھ وۄنُن، پۄزی پاٹھی گژھ اَکھ عُمراہ آسُن، خبر سو تہِ پوشادُنی پیچ یہِ اولۄ دگی ختم کرِنس۔

ووستا سارِوے برۄنٹھ گژھ پانس سام یُن ہینہٕ، یہِ اوس ژاٹہٕ سُند مشورٕ۔

''سام ہیتھ کیاہ سَنا میلہِ جواب، ووستادن پرٛژھس،

شاگردَن نوٕمر ووکلہٕ۔

کلہٕ کیازِ نوٗ مرووٗتھ، بوز کن داٗرِتھ، جواب میلہِ، تتہِ نو موکلو ساسہٕ منٛز اَکھ

عفوٗ منٛگان منٛگان پھرِ ژاٹن ہیوٚر کُن اُچھ، یہِ چھُکھہٕ وِچھان زوٗز اَژ وَتہِ پیٹھ، فِنجانَن سُمبہِ سُمبہِ اُچھی وہراٗوِتھ پننہِ بے گوناہی ہنٛز صفائی پیش کران، واریاہَن تانَن تیز دنٛدَ وٕستی ماز ژلنہٕ آمت۔ تنہِ پیٹھ یہِ کینٛژھا باقی، تتھ مُشکِ وۄتھمُت، وارِسَن، پکہٕ وُنٛبن نَس موٗچھ منٛز، یہِ وَنان وَنان رُکوو ووستادن پننہِ محکم یَرادٕستی پٔنٛن اۄش، ماحول گو ودَم پھٹ۔

یِمَن کیازِ نستہٕ موٗچھن منٛز، یہِ پرٛژھتھ پھٹہٕ راٗو شاگردَن ژھوپہ؟

یم چھ باس دِوان زِیم چھِ تہذیب یافتہٕ، موصوٗم، تہٕ تیٚ مہِ یہنٛدی کٔنی جاہِل؛

تیٚ مہِ کم گیہِ۔ اڑ کجر گرِ ہتھ پرٕ ژھ ژاٹن۔"

یہنٛدی کٔنی یم نہٕ نٔس موچھِ مٔنز رٹن۔

یتھس جہالتس پپٹھ کوٚر شاگردن یڈ بٔرتھ اَسناہ

میٲنہِ عزیز، یہِ ووٚجوٗد چھُ تمی سنٛدُے، یمِس اَمہِ کہِ ڈولنٛگ احساس چھُ۔ تمِس باسہِ مےٚ چھ ماز ووٚ ژِھ ووٚ ژھ تُلنہٕ آمُت، مےٚ چھ مُشِک ووٚتھہٕ مُت، یوٚ دوے یو ہے احساسہٕ وول دِل یمن موچھِ منٛز نٔس رٹن واللبن کرژکھ کرِ۔ ماز پیٚگھ ۂرتھ، باسکھ یِہنٛد اَنگہٕ اَنگہٕ منٛزِ چھےٚ اولوٚدگی نیران، ووستاد یہنٛزِ ووزجہِ نار ہِشہِ اَچھ چھےٚ تیوٚنگل چھکان، یہنٛزن کتھن زن دِہی لمبھ ووتھان۔

شاگردٕ سنٛزِ اَمہِ کتھِ گوو ووستادٕ سُنٛد لہجہِ سخ تہٕ ووٚنُن یہنٛد بو سوچہ کھوٚ دوسَر تہٕ دیوار وشُر کہٕ ناوی لوٚکن ہنٛدی آنگن، توٚ ریہِ کینٛہہ فکرِ؟

"ووستاد توٚ رُم مےٚ باسان یم چھ بلغمی مزاٗزی

"دنٛد ٹوٗی ٹوٗی کیاز چھک ونان، یِہنٛدی بلغمن کوٚ ریہِ پتھُر موٚ کُر، ضیق النفس گوو عام، سینہٕ آےٚ ٹاکبن وہراونہٕ، سینہٕ صفاییٕ ہنٛدی کھوٚ کھری دعویٰ موٚ کہٕ لیٖے۔

ووستاد سو سینہٕ صفاییِ اَس شکیل وراشتھاہ، گولابی مُشِک ژھٹہٕ وِنی وراشتھاہ، سو کمی یمن نیہ۔

سو کھیٚیہِ مستقل باشنٛدٕ گی ہنٛزٕ وجلی سارٹیفکیٹو، یہِ ونان ونان لٔج ووستادس

دَنٛدٕ ٹکہٕ رائے، کانٛہہ بہریٚو ونہٕ تَس بروٗنٛہہ کُن یِنَس۔

اِلتجأیی اندازس پرٛژھ ژاٹَن، ہُم کتہٕ زاے؟ ہُم کتہٕ اُسی؟ یِمَن کور گرٛوٗھن؟ مےٚ گُری تو محرم۔

مَتہٕ سَنتہٕ اور، یوٚ دوٗے سَنکھ، جامَن دِکھ چاکھ۔ دِنظر لگھ کیٛاہ چھ ماہ گُری گُری یُہنٛد بأ گرو ومُت حلوٕ کھوان۔

ژاٗس آیہِ کتھ اتھِ، تہٕ وۄنُن، لۄکھ غنیمت زانان، ہُر بو ہُر بو پوراٹہٕ تہٕ حلوٕ اَسس بران، زیٚو ٹاس کڈان، پلہِ ہسکھ ہے کَنَن تہٕ برٛہَن یہِ حلوٕ۔ مگرکن ما چھ اُس گژ وٹھ والَن____

دوستادس کھٕژ ژاٹہٕ ہنٛز کتھ ٹارِتہٕ وۄنہٕ نَس، یہِ ماتو رُے زانٛہہ فِکرِ زِ ییٚلہِ ییٚلہِ ہُمَن ہنٛز برأنی یہنٛدِس نفَس وأ ژ۔ بایتھ موکہٕ لیٚو وتمی ساعتہٕ، بوے گوو بأیس خلاف ہمسایہِ ہمسأیس خلاف، کینٛژ وہشوزاجہِ نوشہِ، جاٗرِس پیٹھ یِمَن ووت، تِمَن باسیٚو ونہٕ آبَس پان ژھننہٕ ورأے کانٛہہ چارٕ۔ یتھ پأٹھی گو وخودکشی ہندِ بن وأری داتَن ہُنٛد تیداد تشویشناک حدس تام بڑان۔ پرٛژھ موکہٕ لیٚیہِ، اِنسان چھ اِنسانٕس وُچھتھ ژلان____ کتہٕ چھک؟

حضرت پیٚتی چھس۔

اُمس کیٛاہ چھکھ تھَلہِ تھَلہِ وُچھان۔

ژاٹھ کلیٚو۔

کلیٚو کھ کیٛازِ۔ بوزبہٕ وَنے، اُمِس چھینہٕ خبریہ کتہٕ آو۔ کتہٕ زاو۔ اُمِس کیٛاہ ناو، یہِ دیان پڑھتھ کانٛہہ میٚوٹھ ماز چھ کھیٚون لایق۔ مازومنٛز اِنسأنی ماز

مژ داریم، چھ اُمی ہندی لفظ۔

''آدم خور''۔

جلدی مژ گژھنہٕ کانٛہہ تہٕ چھیکرُک فأصلہٕ نٔین، یہ اُس ووستادٕ سٕنز

ژاٹس نصیحت۔

ژاٹن کرندامت ظأہر۔

''ژھوپہ کیاز ژٕ کرتھ۔''

''کتھ چھم نہٕ تگان کرٕنی۔''

''وَخ چھ پانے ہیٚچھ ناوان، پزٕ ژھ کیاہ چھے پزٕ ژھن''۔ نتہٕ چھ سینٛس

وٕٹھ گرژھان۔''

ژاٹھ گوو گُمہٕ سٕری''۔ دَند ٹوٗی ٹوٗی پزٕ ژھن ووستادس۔''حضرت

اُمِس چھا ماجہِ ہُنٛد کینٛہہ ظوناہ''۔

دپان، یورگُن بہ زامُت، ہورگُن سو بڈِ ے مٕرٕ۔ نتہٕ وُچھ ہَن نابہٕ۔ تمہِ

نَے مےٚ بُتھے ہوو۔ ماجہِ ناوس میون زُوٕنٛدِ تھ۔ اَمہِ رِکس موٗدِ ریرس دُنی یٔھکھ

موٗد ریر چھپہِ، ژالہِ ژالہِ اوٗش ترٛ وان ترٛ وان ووٗنن زِ زاجایہٕ ہُنٛد احساس آسہِ تَس

یَس موج ہاوِ پوترا اینٛتِھ کیا چھکھ زامُت، یَتھ پٔتھرِ پیٹھ چھکھ پرٛتھیوٗمُت،

بَس، بُڈی بَبَس اُسی پیٚتی تھٔدی دستارکلس، مگر بہ روٗدُس یتیم آسنہٕ رِکنی دہے

نیٚشہٕ بوٗ د، وَدٕنا، سأری میٚے راہ کھاران، تَس گیہ وَدان وَدان ہِکی۔

یہ سوٗرے بوٗزِتھ پھٹ شأگردس کمر۔

ملوٗل کیاز گوکھ، اِنسأنس وقتہٕ وقتہٕ، رنگہٕ رنگہٕ بٔنتھ آمُت۔ یَس یتھ

بٔنتھ آوٕ تٔمی تیٔتھ ردِعمل ہوو، کائنسہِ تٕر ووزِ یوٚ گنٛڈتھ، کائنسہِ کوٚر کنٔن بور، دانہٕ ہوٚرچہٕ
اوٚنگجہِ دَنٛدن تل، کیٚنژَو وژٕٹ قلمس زِبو، کتھ گربن گیہٕ کتھٕ ننٛگلتھ، اَتھ اَنہٕ گٹہٕ منٛز
تہٕ زول کیٚنژَو وپِزٕرک ژونگ، کتھِ ہنٛز گرٕکھ باوتھ ـــــ سُہ تہٕ آدم زاتھ یَس
برٛونٛٹھہٕ کنہٕ یہٕ سوٗرے سپدتھ تہٕ ظٕمہٕچہٕ أچھ زوتان، ظٕمہٕ کَس سوچہٕ آگرِس چھس
ٹیٹھ کھوتہٕ ٹیوٚٹھ دُہہ ووتھان، توٚے چُھ شور ــــ Pollution ـــ یوٚت بوٗزِتھ کیاہ
چون خیال ہُمس متعلق؟

حضرت أمس چھن چشمَن ہنٛدی دونوٚے ڈَل شرٕنٛی ہیٚتہٕ متی، یَمن منٛز
ظٕمہٕک ہوامحل وُنہٕ تہٕ پیران چھ۔ اَتھ منٛز بسَن وألی، ڈبہٕ ڈالانٛن کھوتہٕ دِی دِی،
دُنیا مافیہا نشہِ بےخبر۔ نَم رٹٕن وول نہٕ کانٛہہ۔ ووستادمےٚ چھ وُسواسی پھٹان،
طوٗفان چھ ژھایہ گتی کران۔ مےٚ گرٕ واتھہٕ روٗٹ۔

ژاٹہٕ سنٛز بےقرأری وُچھتھ ہیوٚت ووستادَن ژأٹس اَتھس منٛز اَتھہٕ
رٔٹتھ پتھٕ پأٹھی فکرِ تارُن۔

''ژیہٕ آسہتھ قومِ عادچہِ نافرمأنی ہُنٛد واقہٕ پوٚرمُت، واووٗتھ، تمو کوٚر
پٔنُن پان شِشتر وبن کوٚٹھین سٟتی ہانٛکلوٕ سٟتی بند، تم کوٚٹی تہٕ گرٕکھ بنٛد مگر تمہِ پتہٕ تہٕ
کڈی واوَن زمیٖنہٕ منٛزٕ کوٚٹھو سان، ہیوٚر کھأرِتھ ٹھأسن زمیٖنہٕ پٹھ۔ تم گیہٕ برباد،
کڈٕ رعذاب گوکھ نازِل، اللہ تعالیٰ فرماوان، وُچھان چُھکھٕ کیٚتھ اوس مےٚون بُہم تہٕ
عذاب۔

ژاٹن دِژھ لرزٕ أژِتھ کربکھ ــــ عفو پروردگارا ــــ

☆☆☆☆☆

# لُقمان سُنٛد دٕگُل



دُچھان چُھکھ ناکاٗنِتیاہ لُکھ چھِ جمع گاٮ۪متؠ۔

یہِ آکھ کرہنٛڈ ل، کتھہٕ کٔنٛز چھس ناٮ۪ل گومُت؟

یہِ اوس عادتہٕ مۆجوٗب وَتہِ پکان پکان پانس ستؠ کتھہٕ کران، گھیہ اوٚ نِگجن ہندی مِش تُرٛ کان، گراہ تھۆتھۆ کران، کُنہِ کُنہِ باسان سخ اِشتعال چھس، وَتہِ پکان کنہِ پھٔلؠ ٹٔلان، ہونٛبن لایان ــــــ وِزِوِزِ یمن دٕوٚہن ہُنٛد ناو ہیوان ــــــ تخمِ خیار، خارِخوشک، بأدی یانہٕ، بِہی دانہٕ تہٕ سپٮ۪ستان، کمبرِ چ ڈوکھ، دون اُتھن ہنٛدِ ڈکھہٕ سیٔزرأوِتھ یہِ بأتھ گنگراوان ـــــ ییٚلہِ چھم یاوُن مےٚ ژٕتبَس پیوان، تیٚلہِ چھم یوان دیوانہٕ گی ـــــ منٛزٕ ے ناستہٕ مُشکھاہ گٔرِتھ پانہٕ ہیے ستؠ ونان ــــــ دٕرِدٕرِ، رؤٹنکھ، ہوٕنے میےٚ کُن، گژھ اوٚ بہ کانٛد رَس لواسہٕ تہٕشزٕ کھٔنٛد کھیٚاوی، نہٕ ییٚ اُس تہٕ نہٕ یٔڈ ــــ مانٛکھ نہٕ یوٗرکھ، دوٚ ہے رؤ ڈکھ ووٕروٗنے، دٕرٕ ــــ بدٕ لے بٮ۪تھِ گٔری گٔری بلایہ۔

یتھہٕ پأٹھی اوس نہٕ کانٛہہ ہۆناہ نظرِ یوان، اُمِس ما آسہٕ ہَن نظرِ یوان، دپان یہِ چھ مُتؠ لیٚہ ـــــــ۔

مےٚ وَن ژھوٚٹہٕ رأوِتھ، وقت چھ کم۔

ٹاس، پوٹاس، ٹھک ٹھبن، چوٹؠ پوٹؠ، آہ واہ، مأرٕنس ہو، کُنہِ کانٛہہ چھو

نو ہمسایو، پأٹھی مَس ہا کوڑنم ، بوزان چھونا انسانو، غأب گوا انسانو، ہمسایے
دژاے داربوٚ کنی۔

''یہِ ماچھ دوٚن بأژن ہنز لڑأے''؟

''حضرت، سبٹھا دانا چھو''

''یِیلہِ وار پأٹھی سوٚنچو، کتھو تلہٕ چھُتی باسان''

''بالکل ٹھیک حضرت، بأژن دوٚن ہنز لڑأے،

''توہ کرِو ہکھ نارٹہٕ رَٹھ''؟

''یِم دوٚنوٚے یِیلہِ بانہٕ پھٹراونہٕ کس منٛزِلس وأتی ، اَسہِ دوٚپ یتھ
موقس پیٹھ اور أژتھ رَٹہٕ رٹ کرٕنی گوٚونہٕ جان، اگر کتِر وٕنیأے کلس یِیہ ہے زَن
نہٕ دُنیاہس آمتی أسی۔

گوٚو یہِ دٔلیل چھےٚ؟

پرٛانین چینی رِکابین تہٕ فنجانن ہِندِ پھٹہٕ نُک موسیقی بُرتھ صدا کنن
گژھتھ اوس دِل دیان کاش اَسہِ نہٕ وُنکینس ٹیپ ریکارڈر ءِستی، یِم صوتی اثرات
کتہِ بَنن پتہٕ، ریکارڈ کرنس لایق، اکھ کیسٹ بنہِ ہے۔ یوٚ دوٚے کینہہ کم گژھہس،
کینہہ خوفناک صدا، گولین تہٕ بمن ہندی صدا، نارہو مارہو، لرز بُرژ
آواز ___ جانورن ہُند گلو پیٹھہٕ ٹاس کرِتھ وہمہٕ ءِستی بوٚن یِن لاینہٕ، بیترِ۔
ہے افسوس ، نارس ، مارس ، بمن تہٕ گولین ہِندِس صدِ ہس چھِ تِہ تجارتی
نظروٕ چھان ___ اگر سوچ یتھےٚ ووٚپدیو وتیلہِ کیاہ بنہِ۔ یہِ وٕن أکی وَتہِ پکہٕ وٕنی
آکاش شخصن یِمن ہمسایہِ تماشہِ گیرن گُن۔

حضرت تُہی گوٚ ناراض، قدم ٹھہراوِو، سوالک جواب بوٚزِو، اُمس ووستہٕ لُقمانَس گوٚویہِ آکہ کرہنڈُل یتھ پاٹھی نالی ـــ باٗژن دون ہنزہر گیہِ تیزان، کیاہ تام دُیتھ دارِ کَنہِ برِتھ ـــ زَن پھوٚونا گاساقیکھ اُٹم بَم ووستہٕ لُقمانَس کلَس پیٹھ، سُہ ٹاس، کَہنہِ مہ بوٚزِو ـــ ترٛاک، اَسی چھ پننہِ کلہٕ ساران، کلہٕ ٹھیک پاٹھی وُچھتھ بیٛوٗٹھ دِل ڈنجہِ، اُچھن دِژ بیٚیہِ مُرَن ـــ اَتہِ چھ وُچھان چھولہٕ دالہِ لیجہِ کھنجہِ گاٗمژ، اُمیک کرہنڈُل ووستہٕ لُقمانَس نالی گوٚمُت، عجیب واقہٕ، دال وِچھو، کیاہ چھےٚ لُقمان صاٗبَس ہیرِ بونہٕ ٹاٹھہِ وُژھمژ، مجرد آرٹک اکھ کُنن لایق نموٗناہ چھ بنیوٗمُت۔

''بیٚیہِ سوے تجارتی کتھ، مےٚ ترٛاوِو جاے، یہِ ووٗن وَتہِ پکہٕ وِنی۔

''درگذر کرِو، غلطی گیہِ۔''

''تمی پرُژھک یہِ لُقمان صاٗب چھا یمی محلُک؟''

''آ ـــ اصلی ناو چھس نہٕ لُقمان۔''

''تیلہِ کتھہٕ پاٹھی یہِ ناو پیوٗمُت؟''

''کینژن گوو اُمی سُند یلاج سیٛود، تہٕ ووٗنہٕ ہس لُقمان ـــ کینژن بڈیوو اُمی سُندِ یلاجہِ دود، ہزل کران کران ووٗنہٕ ہس لُقمان ہسہ ہے۔

''اگر زن آلوکر بس کانہہ؟''

''سُہ چھس وَنان لُقمان صاٗبا، اصل ناوِ ے موٚشمت ـــ اُمس نہٕ تھاکھ کھسان زانہہ موٚ دُرتہٕ مُیوٗٹھ انساناہ، زندٕ دل، اگر وارٕ کارِ بچہِ، خبر کاتیاہ شار گنڈِ یمن، یمن وَسہِ نہٕ دالہِ لیجہِ زانہہ نکھے، رنگہٕ رنگہٕ رنگ وَنبکھ، اُمس نشہِ گوو قلمہٕ

جنگ۔

پلاسٹک گڈنی ہیوٚ اِنسان چھکھ ،مےٚ ہش شریف زنانہٕ کتہٕ بنہٕ ہی ،یہِ
اُس شفیع صأبس زنانہٕ وَنان ــــ کیاہ ژےٚ لأیتھہٕ دالہٕ لیٚجی دارِ کنِی؟ تیل تہٕ
پژان کیاہ اوس مَس تژ وومُت ، اگر میأنی مالنی بوزنَے نوٚنہٕ بوٚہرِ بدلہٕ تھاونے
وانس منز۔

بلایہِ لگَے ،مےٚ چھاز انہہ ژےٚ پیٹھ اتھہٕ تُلہٕ مُت ،میےٚ ژےٚ منز زُوچھ ،
یہِ اوس شفیع صأب ہو کھ مَتہٕ ہٹہٕ آشنہٕ وَنان۔

آہ خود غرضہٕ ،تژ او کھور یلہٕ ، دوہے تلُتھ میانہِ شرافتک ناجأیز فأید ،
یوٚ تام ہگر گیم ،لُکھ آسنے نیٚبر کنہِ تھو کہٕ ژھنان ،یمو بوٚ زمُت آسہِ تمو کیاہ آسہِ
وۄنہٕ مُت ۔بہٕ کتہِ انہٕ ہے ماز، سے تھاوٕ ہے رٔنتھ، تنخواہ گوٚے ہوٹلن منز خرچن۔
ہاوٗس ٹے ــــ گرِ فاقے تہٕ ٹے ــــ ازچھے میوٚن فأصلہٕ کرُن ، کیاہ
ژےٚ پھٹہٕ رُتھہ میانہِ مالِنیک رنگہٕ ٹی وی ، ریڈیو کھنڈ آسے نہ زانہہ جوٗرےٕ مژ۔
کیاہ ژےٚ پھٹہٕ رووتھ میانہِ مالہِ نیک توٚ برُک فنجانہٕ درجن ، واٹہٕ لد پیالہٕ اُسی یتہٕ
،واٹو ٕستی اوسے تمن دُنیہک نقشہِ زَن بنأوِتھ ــــ مہرٕ ژورحصہٕ چھے وُنہِ باقی ــــ
ادا کر ــــ تھاوتھأوِ مےٚ مہٕ وَن رنگہٕ فنذ ــــ لجہِ نے سونہٕ دوٚ رگرنس ، زانہہ نتہٕ از
کتھ، قسم مہٕ ہاو، پنداہ وٗری وأتم وُچھان ــــ بہٕ زانتھ نا ــــ دون عیزن چھکھ اڈ
اڈ سیر مازانان ــــ نٔہ ڈمی نہٕ چھے نند گئے خأرات ذکات دِوان ، ژٕکُس مرد گوکھ
یُس ہوٹلن منز عأش کرِ ، تہٕ یم موصوم بچہٕ کرٕیشن گرس منز ــــ شرم چھے نہٕ
گژھان ــــ از مانَے نہٕ کینہہ ــــ شانو پیٹھہٕ تُل اتھہٕ تھوٚد، أمی مردٕ مکرَن کمہ

کمہٕ مَس وَلہٕ ہنٛدٕ راوِ ــــ کتھ صوٗرتَس کیاہ گوکھ ــــ اَزلَن دِژ کھ میأنؠ پأٹھؠ بأزی۔

''کیاہ میوٚن اَکھ ساتھ تہٕ چھُےٚ نا یاد''؟ یہِ ووٚن شفیع صأبَن آرٕ بٔرتہٕ بتھِ آشنہٕ۔

کیاز نہٕ ــــ ساتھے سِاتھ چھم یاد، فاقےٚ فاقہٕ چھم یاد، کلہٕ دأدِس دواہ پل بنےیم نہٕ تہٕ تہِ چھم یاد، وُنہٕ چھس پنٛدٕ ہوٚرِ یوپٹھہٕ مالہٕ نیٚگ وَردَنؠ پھالہٕ وان، تہِ تہِ چھم یاد، پنٛدٕ ہَن ؤرِیَن پٔتھ چھُم اَکھ فِراق ییٚز اراوٗ نمٹ، بیچھ وٗن اگر آسہٕ ہک تیٚلہِ کرِ ہےٚ نہٕ گزاو۔ تتھ چھکھ دفتری بوب، ییٚمےٚ ساتھ چھم یاد۔

''متہٕ پتہٕ جہلس لاینہٕ، اگر نہ ژٕ ییٚمَن زارٕ پارٕ کرَکھ میأنہِ خأطرٕ گژھن حالات خراب''

''چوٚن مقصد چھا بہٕ نیرٕ لوٗکن منٛز؟''

''اَز بچاوتَم''

''ژےٚ کیاز پھُٹرٕ اوٚ بتھ ییٚمہٕ رِکابہٕ، ییٚمہٕ آسہٕ میأنؠ مالؠ اَنہِ مرٕ لداخہٕ''

''بہٕ وِنٛدَے زوٗبہٕ دِمےٚ تَمہِ کھوتہٕ دوٗرِ کرِ گلہٕ پٹھہٕ اُنتھ''

''خبر کُس رحم دِل افسر چھُےٚ اوسمت ییٚمی ژٕ نوکری چھکھ لوگمُت، یہِ چھےٚ نہٕ خبر لداخ گوہٕ دوٗرِ کِنہٕ کرگل ــــ''

''مےٚ چھُےٚ عقلہٕ ہنٛد ژونگ دوٗدٕمُت، مےٚ کرِتہٕ ییٚمَن نِشہِ آزاد ــــ نتہٕ گژھن ییٚم پُلسس''

''نی نےٚ جیل، لُقمان صأبس چھےٚ کنہٕ پھیٚژ ژھینہٕ مرٕ، سو کنہٕ پھیٚژ چھےٚ

خان صائبس رُمالہِ منز''

''کینژھا کرتہٕ، عُمرِ چھے کھور چھلتھ، دفترٕ یتھ آسے بتہٕ سُئین رنان،
شامن آسے آبہٕ تگاری کھورن تل تھاوان، آتھوارِ دوہ آسے ساری پلو چھلان،
عُمرِ ہُند موس کڈے'' ـــــ وعدٕ ژےٚ ستی ـــــ ووڈِ آسے وُچھان ـــــ بہٕ ہے
چھس پُلسس سخ کھوژان، بہٕ مرے یہندِ کُنی ٹاسہٕ، یپاری وُچھی ییمہِ پنجرٕ
کھریپہٕ، کنی ہُہ گونژھل گو ییمہِ محلکھ زُٹھ، ژٕ ون أمی ہے اسہِ بچاوتہٕ۔
چانہٕ وننہٕ ییہٕ نہٕ أمس پڑھتہٕ۔ یہٕ کرِیمَن سارِنے لار ـــــ یہٕ وۆن شفیع صائبن
آشنہِ گلۍ گنڈتھ۔

آہ بہ غارتہٕ، بُز دِلہٕ، بے شرمہٕ، ژےٚ چھے بہتر کساہٕ دُئین۔ بہٕ گژھا
لۆکہٕ مَردس بڑونٹھ کُن تس زارٕ پارٕ کرنہٕ۔ ژےٚ مۆدیہٕ ضمیر۔ نی نےٚ جیل۔ أزچھ
مےٚ ژےٚ ستی أخری فاصلہٕ کرُن۔ کیاہ ژےٚ کۆڈتھہٕ مےٚ پوٚٹھ ہیۆمَس، یُس
مےٚ ماجہِ فلۍلہٕ دِی دِی رۆچھمُت اوس۔ لچھ ٹکرٕ کونہٕ گژھن مےٚ یہٕ مشم نہٕ زانہہ۔
اَمہِ ساعتہٕ اوس شفیع صائبنہٕ آشنہِ خانہٕ دارس نال رۆٹمُت۔

لۆکن کُن نظراہ ترٲوِتھ، پراژن لارے ہٕژ دال زیوِ پیٚتہٕ ستی لیۆتھ چھ
لُقمان وَنان یہٕ گووپۆ زُے چھولہٕ دال چھےٚ ـــــ مگر یہٕ کنہٕ فبژ کوٚت چھےٚ مےٚ گاٚمژ
ہُقمان چھ وارٕ ساران''

گُلہٕ ناٚوِد آو دوران دوران۔ ہامیانہِ ووستو۔ یہٕ کمیۆ ڈأنہِ دِژے اَچہِ
کنس أچھ ہبرٕ بونہٕ ہاچھے اَتھ ٹانٹہِ ؤژھ مژ دال، یہٕ کمیۆ کوٚرنے ووستو ـــــ
''یہٕ ہا کۆ رُم پَنہٕ نبو ـــــ''

''مےٚ وَن تسُند ناو۔ مےٚ چھ کھۄ رٕ ستی۔''

''ہے ہے بیقلہٕ اَسہِ چھا کأنسہِ ستی لڑاٗے کرٕنی، وُچھان گرٛ ھ دال کھارکھ اَسمان، عُمرِ نیرَن نہٕ یٔیمہِ سڑکہِ۔ یاد پاوَ کھ، داریو کٕنی لیچہِ دِنہِ دأرِتھ کیاہ گوو۔ توت اَنمہٕ ترٛ اوُن کیاہ گوو، بول دانہٕ بٕرِتھ دِنی کیاہ گوو۔ یِہندی مرٕد دیا وَ کھ کسابہٕ'' یہٕ وۄن اعتمادٕ سان ووستہٕ لُقمانَن گلہٕ ناوی دَس کُن ____۔

''بلایہِ لگَے ژٕ ترٛ اوپۄ ژِلونچہِ گنڈ، خان صأبے آ وو وستہٕ لُقمانَس برٛ ونٛھ کُن رُمالہِ منز کنہٕ فبرٛ ہتھ۔'' یہٕ وۄن شفیع صأبن آشنہِ۔

''گو وِیہے چھے میأنی کنہٕ فبرٛ، اِد زبر گوو۔ ہیو شفیع دالہِ خوجا، دارِ کنی نیرٛ، کنہٕ فیرٛ ہُند بدلہٕ ہاہیہَ قلمہٕ ستی، ہیودالہِ بدلہٕ چاوَتھ ہَندِ رس۔''

''ووستامے دِاجازت، بہٕ کڈن یہ رٕٹتھ سڑکہِ پیٹھ،

''گلنیأتی چھا کران۔ ژٕ گرٛ ھ وُچھان لُقمان کس چھ وَنان۔ دہٕ لگی نامہٕ لکھکھ پانٛژھ ہَتھ شار، دالہِ نامہٕ پانٛژھ ہَتھ شار، محلہٕ کِس اَکس اَکس شرٕس کرکھ یاد____''

یہ تہٕ لیٚکھی زبکھ ____ ٹے موہا ومدنو____ یہٕ وۄن گلہٕ ناوی دَن ووستنس کُن____

''لُقمان صأب گوو گوڈٕ رٕنی وور ہسپتال نٔین۔ فبرٛ واٹہٕ ناووس۔ یہِ اوس خان صأبُن تجویز۔

''نہ میڈیکل انسٹیچوٹ نموں، یہٕ وۄن گلہٕ ناوی دَن۔

''اکہِ طرفہٕ خان صأب تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ گلہٕ ناوِدلمہٕ لَم کران، فبرٛ گیہِ رُمال

ہیتھ نالہِ ، رُمال آیہِ اَتھِ ، فرشؠ نہٕ گُنی ، خان صأب چُھ سفید رُمالہِ پتہٕ تہٕ بڑ وٚنٹھہٕ وُچھان ، تتھ پیٹھ اُسی صرف خوٗنکی کینٛہہ ووزِلی داغ ، یہِ وُچھِتھ ہیوٚت آکاش لوٗکو پننہٕ نبن زِ تچھَن زِ چھَن کنہٕ فرشَن ساران ساران بہٕ شوٗنکھ پاٹھی بڑ وٚنٹھ بڑ وٚنٹھ قدم دُیِن ۔



# راتک خاب



خو جاہ ڈیٛوٗٹھم ، اُلی اُلی کھوٚتمت ، وُتھر ناہ زَن ، شہمار شکلہِ کرُیہُن
اِکٹہٕ کال ہیُوٚ ، نوکراہ ڈیٛوٗٹھمس ، یَس ماجہِ اوس ناو تھوومُت ''گُل'' زمانکی سُنٛز
وۄگنٛز لوگ اُمِس خوجَس نِش ، یَس ڈٕچھِنٛز اکھ ، کھوٚرِ بیاکھ ، پٔتہٕ گنہٕ زٕ گاو
تگیہِ ڈٕیٹھی مَس ، مأشاہ ہیُوٚ لرِ پھرِ نی دِوان ، گل اُہند بن سرٕ ؤنٹہِ کوٚنٹھن کھورَن
پٔنہٕ نبوٗ موصوٗم اَتھو موٚٹھ دِی دِی نر ماوان ، تموٗ اَتھو ستی یِمَن غریب موج یِیمہِ آشہِ
رچھان اُس زِبڈتھ پلزن مےٚ یِیم ، میانہِ خأطرِ زیٖنن تہٕ جکھن ، سأری وُچھن اِےٚ
ڈٕبکہٕ نٔر دِتھ ، مگر خبر کیٛاہ اُسس مومہ خو جنہِ لگہِ بانہٕ مانٛجنہٕ ، **لیجن** گنٛڈی کرنہٕ ، تمی
سِند بن کھورَن تل اُسس ہنٛدِ رپوان ۔

خانہٕ مالِس آنہٕ مانےٚ گاٹُس وُچھم ، شینہٕ کھوتہٕ پرٛینس بُتھس ہایہِ
ژرۄٹ لوٚگمت وُچھمس ، گُل اُتی نظرِ ڈٕولُم رامہٕ جوٗن شیشہِ مکانہٕ ، اَتہِ تہٕ
ڈیٛوٗٹھم گلہِ ہے ہیُوٚ تھی باغگ بیاکھ گلاہ ، ناوِ کنٛز سرٕ ، پزٕ پأٹھی سَر وقد ،
مأکِس ماجہِ ہُند خانہٕ مول ، رامہٕ جوٗ سروَس پننوٗ اَتھو لنٛجہِ کڈان ، کڈِ ہس نہٕ کیٛاہ زِ
، چینٛز پیالے اوُسُس پھٹہٕ مُت ۔ سرُون ہاے تہٕ واے گوو مےٚ جگرَس ٹرِتھ ،
اُمِس رامہٕ جو وَس گرٛڈھی یِیم اَتھہٕ وُسی پینٛز ، اُمِس کونہٕ عاریوان ، آسنن کوتاہ نبہٕ
نار چھنٛس گوٚنڈِمُت ، یہِ حال وُچھِتھ وۄتھم اوٚش ددرایہِ ، ہُشیار گوس ، اَتہِ وُچھم

پٔزی پأٹھی اوٗش وَسانِ، دِلَس چھُم دُب دُب گژھان، خاب چھُم سورُے یاد، گُلنٕ موٗمہٕ جوٗس موٗٹھ دِنٕی، سَروٗن رامہٕ جوٗنوٗ اَتھو مار کھیٚون، یِی سوچان سوچان مےٚ بٔیِہ نِنٕدر پییِہٕ۔

گُل تہٕ سرٕوأ ۔کس بٔڈِس ماداَنَس منٛز، پنہٕ نٮ۪ن بُتھٕن اَتھہٕ دِی دِی، یِمَن بُتھٕن موٗمہٕ خوٗ جَس تہٕ رامہٕ جوٗس ہِوٕ بےعار وتہٕ بے اِنصافو چھأ ژوٕسٕتی شُپرِ کھنٛجِہ ہُنٛد دالہٕ ہیٚو اوس بنووُمُت۔ ژھایِہ ہوٗل رٕوٗدُس۔ گُل اوس سروَس ونان

---

"سروا اَوَے أسیا أسی مأکِر تہٕ ماجہِ رٔ ٹھمٕتی تہٕ کأنٛچھ مٕتی زِ اَسہِ چھُ أخرس موٗمہٕ خوجہِ نٮ۪ن تہٕ رامہٕ جوٗنٮ۪ن دَکن تہٕ درٕسٕن، ٹاسَن تہٕ ٹپاسَن لگُن۔ اَسہِ چھا دوٕ ہےیِہنٛد بن رَس چاٹنٮ۪ن گُن وُچھن،" یِہ بوٗزِتھ ژٕج سَروَس باکھ نیٚرِتھ، سَرٕ ووٕتھُس لوکہٕ چارِکی دوٕہ چھِم یاد پیوان، ژاٹہٕ ہالہٕ آے، گرٕ ژاے، أتی اوسُکھ گُلہٕ براٮ۪ندَس پیٚٹھ لیکچر کران، موٗل تہٕ موج اوسے دارِ پیٚٹھ آسان، ونان اوسُکھ یِیلہِ بہٕ بوٚڈ واتہٕ، یِیلہِ میٚون یار سروانند بوٚڈ واتہِ، أسی آسو کم کم پلولأ ۔گِتھ بازرٕ کنٕی اَتھہٕ واس کٔرِتھ نیران، بازروأنی آسَن خوش گژھان، وُنی کٮ۪ن چھِ أسی لوٕکٕٹ ـــ اگر اَسہِ کانٛہہ ٹوٗپ نِیِہ أسی دوٕنوَے ژٹوس کلہٕ، سُہ نِیا اَسہِ ٹوٗپ..... أتی اوس سَے بہٕ ونان ہیومےٚ دِکھنا لیکچر کرنہٕ، ژٕ اوسُکھ بہان بہٕ اوسُس ووتھان، ـــ بہٕ چھُس گُلُٔن یار ـــ سروانند ـــ اَسہِ ژھینہٕ نہٕ زانٛہہ یارز، أمی سٕنٛز موج چھَ میأنٕی موج، اگر اَسہِ گُن محلَس منٛز کانٛہہ شُر دولہٕ وُچھہِ، أسی کڈوس أچھ ـــ سُہ وُچھا اَسہِ گُن دولہٕ ـــ؟ گُلیاٗ ژٕ اوٕسہم بٔڈِتھ تہٕ بوٗلِتھ ونان سروانند ابہٕ پتھر، ژیِہ نا

چھے تقریر تگان کرُن ، گٹہٕ ہا چھے گرٛھان ، مےٚ کُن آسُو نظر تھاوان ___ أتی اوسکھ وَنان اَسہِ چھا دُہے مُڈے روزُن ، ماسٹر جیٚس دِموٗ نہٕ أسی زانٛہہ تہٕ مار دِنٛگ موقہٕ ، أسی گرٛھو جماژ منٛز اول نیران ، بڈٕتھ آسو زینان تہٕ جکھان ، أسی آسو پنہٕ نٕبن یارن سال کران ، یہِ أسی آسو کھوان تہٕ آسو کھ تم تہٕ کھیاوان ، أتی اوسُس سرواہ تھکان تہٕ ژٕ اوسہم ژٕر پوٚپ کران ، شاباش ، شاباش ___ بیٚیہٕ اوسہم وأری منٛگان ، ووتھان اوسکھ تہٕ وَنان ___ گُل تہٕ بہٕ چھ تمہِ قسمکی یار اگر گُل کُنہِ دوہ فاقے چھُ شونٛگان بہ چھُس گرِ وَدان آسان ، سُہ کیاژ چھُ فاقے ، ییلہِ مےٚ کھیوٚ وسُہ کیاژ کھیٚیہِ نہٕ ، یہِ تہٕ گرِ ہ دُہے کھیٚون تہٕ بہٕ تہٕ گرٛھہٕ دُہے کھیٚون ، اَدِ ییہِ ؤمےٚ نِنٛدر ___ یِم پلوٗ مےٚ مول چھُ سُوان تمے گرٛھن أمس تہٕ آئنی ، سُے بوٗٹ ، سوے کرُتنی ، سوے رِکٹھ ، سوے ٹوٗپی ___ بہٕ اوسُس نامأیلس ماجہِ وَنان ، اَسیٚے بوٗ ڈمکانہٕ چھُ گُلہٕ نٕبن کیاژ نہٕ ___ گُل ووٗتھم ووشاہ تر آوِتھ اَہنوٗ سرواہیہٕ گیہِ لوکہٕ چار چہِ کتھہٕ ، أزی چہِ کتھہٕ کر ، میأنِس موٗمہٕ جوٗس تہٕ پنہٕ نِس رامہٕ جوٗس کُس واتھ دِکھ ___ وُچھان چھُس علی خانہٕ نِس نیچوٗس کُن ___ وُچھان چھُس شام لالنِس لڑکس کُن ___ لال أسکھ پشپان ییلہِ اَسہِ ستی ژاٹہٕ ہال أسی یوان ___ تلہٕ وأنی بستہٕ ہش أسکھ لالہِ ستی آسان گامٕش پھبرنن ___ سأری أسکھ اَسان ، تمے چھِ اَز سوٗٹ تہٕ بوٗٹ لاگتھ ، اَسہِ کُن چھنہٕ نظر دِوان ، یمے حال وُچھتھ چھُس دُہس تہٕ راتس وَدان ، نہ چھم نِہہ تہٕ نہ نِنٛدر۔ نہ آرام نہِ قرار ___ دراصل ہبازون خدایَن اَسہِ بانہٕ ___ سرِ ووٗتھس بڈٕتھ تہٕ بوٗلتھ تہٕ رِکھو گوو بانہٕ؟.....

وَنۆتہٕ کہو گوو بانہٕ؟ یێلی حرکت کرِ اِنسان تێلی بنٕس برکت، اگر ہا اَسہِ لوکہٕ چارَس سُہ جذبہٕ اوس۔ اَز کیٚاہ گوو؟ کٔمی رٔڈٕی اَسہِ تل؟ سانٮ۪س جذبَس کٔمی بہہ نأو کھےٚ؟ ___ کلایہٕ گر ہیکیٚا کھیہِ لد بانٕن کھےٚ کأسِتھ تہٕ اَسی ہیکو نہٕ سُہ لوکچارُک جذبہٕ بیٚیہِ پانَس منٛز پأدٕ کٔرِتھ، سَر وُن یہِ وَنُن _ گُل گوو تھوٚد وٕتھِتھ، زَن تہِ پہاڑَس ستیٚ اَسَس دَب کٔرٕنی۔ سروَن تہِ کوٚڈ نرٕن واش، کرِکھ دِژٕن، یہےٚ وو کھہٕ کرِکھ ___ دوٕنوے رأہِل گیہِ کھڑا___ یہِ وُچھِتھ کھوٚژُس بہٕ ___ تھر تھرٕ وٕژھم، ہُشیار گوٚس۔ مگر خاب چھم وُنہِ تہِ یاد۔



